


# پرتھوی ناتھ پُشپ

سیّدِ رسول پونپر



ھندوستأنی
ادبکۍ
معمار

**Prithvi Nath Pushp** : A monograph in Kashmiri by Syed Rasool Pompur on the Kashmiri author. Sahitya Akademi, New Delhi (1999), Rs.25.



پہلا ایڈیشن :- ۱۹۹۹ء

ہیڈ آفس :-

رویندر بھون :- ۳۵ :- فیروز شاہ روڈ :- نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

سیلز آفس :

سواتی :- مندر مارگ :- نئی دہلی :- ۱۱۰۰۰۱

علاقائی دفتر

جیون تارا بھون ۲۳ اے/۴۴ ایکس :- ڈائمنڈ ہاربر روڈ :- کلکتہ ۷۰۰۰۵۳

۱۷۲ :- قیمتی مراٹھی گرنتھ سنگرالے مارگ :- دادر ممبئی : ۴۰۰۰۱۴

گنا بلڈنگ : دوسری منزل : ۳۰۴-۳۰۵ :- انا سلائی تینام پیٹھ چنئی :- ۶۰۰۰۱۸

اے ڈی اے رنگ مندر :- ۱۰۹ :- جے سی روڈ بنگلور :- ۵۶۰۰۰۲

قیمت :- ۲۵ روپے

ISBN 81-260-0618-8

طباعت :- سپر پرنٹرس، دہلی ۱۱۰۰۵۱



# ترتیب

# گوڈ کتھ

پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ کس نہٕ کاشرِ اَدبکس طالبِ علمس چھُ ورِیُد۔ سُہ چھُ نہ صرف اَکھ معروف ناو یوت بلکہ اَکھ ادارٕ تہٕ یتھ ہِنٛز وُکھ تہٕ نیرِل اَنہار اوس۔ پُشپ صاَب سُنٛد تقریبن شیٹھ وری وانس پزاوتھ گزگرِ دوٗرِ رفزِ رِتھ مایُرو ہارِ ولہ ۱۹ ستمبر ۱۹۹۶ء یس کیُت اَسہِ تِشہٕ ، ہمیشہ بایتھ ژھینہٕ ۔ تمی ہُندِ سو رگہٕ واس گرژھنہٕ کِنہٕ واَژ کاشرِس تنقیدی ، تحقیقی تہٕ لسانی ادبچ اَکھ معتبر تاز کارٕ ، زبان سازی ہُنٛز روایت اَند ۔ اَسہِ ہیکہ پُشپ صاَبس سیٖتی اختلاف تہٕ آسِتھ ، مگر تمی سُنٛد کاشر ادب پھانپھِ لاوکِس خلوصہٕ بُرتس جذبس مُتلق ہیکَن نہٕ زرایہ آسِتھے ۔ تمی سُنٛد لفظہٕ گُرت ، تہُنٛز کاشر ماحیہ زِیوِ ہِندین اصولَن پیٹھ وُزرِتھ اصطلاح سازی چھےٚ قابلِ داد ۔ پُشپ صاَبس

اَکھ سدا بہار شر دھانجلی پیش کرنٕک رٕتہٕ کھوتہٕ رُت طریقہٕ چھُ یِی، زِ اَسہِ تہٕ یکناوَو کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبٕچ یہٕ زُو دار روایت برونٛہہ۔ پُشپَن اوس پَننہِ حیاتی منز ادبی محفلن ہنٛز شوٗب۔ تمہٕ ہٕندۍ وَرٕژھہ وأنۍ جہٕ اَسہِ کھنگالہٕ اَسہِ ادبی سمن بلَن ہنٛدٕ زُو زیتہٕ۔

پی۔ این۔ پُشپَن چھُ شاعر تہٕ۔ یہٕ چھُنہٕ یٔتھرٕ پأٹھۍ کأنٛسہِ پَے۔ حالانکہ تہنٛزِ مأرۍ منز تہٕ منظوم، نظم یوسہٕ تمہٕ گاندھی جی نہٕ شہأدژ پیٹھ جنوری ۱۹۴۸ء منز لیچھہٕ تہٕ چھےٚ پروفیسر محی الدین حاجنی نہٕ ترتیب دِژمژ ساہتیہ اکادمی چھاپمژ "کأشُر شأعری" نأوۍ شعر ژارِ منز شامل۔ تمہٕ ہٕندۍ زٕ لوکٕچ لوکٕچ شعری مجموعہٕ "سنہٕ وُن ساز" تہٕ لگہٕ ہارٕ ہہٕ (۱۹۷۸ء) تہٕ چھِ چھپیمتۍ۔ ووٚن گوٚو سہٕ اوس حیا ویوٚد۔ سہٕ روٗد نہٕ زانہہ تہٕ شعری محفلن منز شاعرٕ ہٕندِ حٔثیتہٕ شریک۔ سہٕ اوس تہِقین ملن معا کیٛژٕ لاابالی تہٕ نتہٕ کیاز چھاپہِ ہے نہٕ توتہٕ سُہ ترتیب دِتھ پننۍ مقالے۔ شاعری نہٕ چھاپتھ یا پننۍ پان شاعر نہٕ زانٛنہٕ آوِتھ تہٕ کوٚرنہٕ تمہٕ کینہہ رُت۔ ووٚنۍ چھِ یہٕ سأنۍ کأم زٕ اَسہِ کَرو تہنٛزِ شاعری موٚلانٛکون تہٕ تہٕندۍ نثرٕچ لیکھ تہٕ دِمو ترتیب۔ یہٕ مونوگراف چھُ یتھہٕ ہِرِ کامہِ کُن اَکھ پھرِیوٗژ قدم۔

بہٕ چھُس ساہتیہ اکادمی ہٕندِ کأشُر مشاورتی بورڈُک شُکر گُزار یِمو اَمہِ کمیٹی ہٕندِس سابق کنوینر ممتاز کشمیر شناس، ادیب، نقاد تہٕ دانشور جناب محمد یوسف ٹینگ بِنِس وننس آنکار کوٚر تہٕ پُشپ صأبَس پیٹھ کأشرِ پأٹھۍ یہٕ مونوگراف لیکھُن منظور کوٚر تہٕ بہٕ ناچیز زونہَس یہٕ لیکھنہٕ باپتھ اہل۔ سیکریٹری ساہتیہ اکادمی پروفیسر کے۔ سچدانندن ڈپٹی سیکریٹری جناب وید بھسین تہٕ پروگرام آفیسر



ہیرامنی بندٔونی سُندتہٕ شکریہ یِم مےٚ یہٕ مونوگراف بَروقت لیکھنہٕ باپتھ پتہٕ روٗدی۔

پُشپ صأبنِس زٕٹھِس فرزند جناب ابھنو پُشپ سُند وَرٕژھہِ وأنۍ جہٕ شکریہ زِ تمو واتہٕ نووٗس یہٕ کیٚتِس موٗلہ موادَس تام تہٕ بییہ کوٚر ہم پُشپ صأبنہٕ زندگی مُتلق لیکھتھ زأنۍ وۄتر فراہم۔ ساہتیہ اکادمی ہٕندِس کأشُر مشاورتی بورڈکِس موجود کنوینر جناب مشعل سُلطانپوری سُند تہٕ شکریہ زِ تمہٕ دِتی یِمہٕ مونوگرافچہٕ تیاری باپتھ پننۍ موٚللی مشورٕ۔ خوشنویس محترمہ سیدہ نعیمہ اختر ہُند تہٕ شکریہ زِ علیل آستھ واتہٕ ناوتھ یِمہٕ مونوگرافچ کتابت اند۔ ڈاکٹر رتن لال شانت صأبن یِمہٕ باپتھ شکریہ زِ تمہٕ کوٚر مےٚ پُشپ صأبَس متلق کینہہ اہم تہٕ بنیادی مواد فراہم محقق، خوشنویس تہٕ عالم غلام رسول بٹ سُند تہٕ وَرٕژھہِ وأنۍ جہٕ شکریہ زِ تمہٕ کوٚرُس بہٕ پُشپ صأبَس متلق داریاہن کتھن واقف۔ تمہٕ سٕنزِ ایمانداری، اَپزٕ رِچہٕ پاسداری، کاشُر تہذیبچہٕ وِگداری تہٕ انسانیژ کوٚرُن تمہٕ سٕنزِ عملی زندگی سیتی ڈکھ۔ ووٚنۍ چھِ یتھی دولہٕ ہٕتی تہٕ ووٚندٕ تھو لوٚکہ یتھ بُترٕ آژ پیٹھ کمےٚ پہَن درینٛٹھی گُرٕھان ؎

ساد سیٚود نیٚرمَل ووٚندک مالِک پُشوٗپ
ونٛتھو وٕنیتھ ہٕندِ مالینک فموار روو!

سیّد رسوٗل پونپُر

۵۵۔ سیکاپ روڈ
بجبہاڑہ کشمیر۔ ۱۹۲۱۲۴

بجاےٚ د مولنہ

ویناپنی کول ناو یوٚسہٕ مشہوٗر صحافی لکشمی نارائن کول سٕنز کوٚر آس. لکشمی نارائن کول یُس اصلی کوٗشُر اوس تہٕ لوٚہوٗر اوس تجارت کران آو ۱۹۴۷ء کیتٕ پٔنٕنۍ ساریے وَسمَتہ تراۆِتھ واپس کشیر ٔلیہٕ تہٕنٛز ماجٕ فرقہ وارانہٕ فسادَن چھیپہِ لٔج. کینٛژرس کالُس کشیر منٛز صنٛدلہٕ روزنہٕ پَتہٕ روٗد سُہ جوٚمہٕ بیٹھٕ نیرَن وٲلِس اردوٗ روزنامَس جموٗں سندیش اخبارَس سٟتی سوٗرگہٕ واس سیدنس یعنے ۱۹۶۶ء یَس تام وابستہٕ. شریمتی دیناپنی کول (بھٹ) تہِ گئے پُشپ صٲبَس پَتہٕ صرف ژوٗداہَے رِیتھ زِندٕ رُوٗزِتھ نومبر ۱۹۹۸ء یَس منٛز دِلی سوٗرگہٕ واس ۔

پرتھوی ناتھ بھٹ (پُشپ) صٲبس چھہٕ پَتہٕ کُن ووٗنِی وارٕ کارٕ ترسے نیٛچوٚی اَبھنوٗ پُشپ، شُہرو پُشپ، تہٕ ہمپوش پُشپ ہِم ترینوَے چھہٕ پَنٕنہِ جایہِ بجایہٕ نیٛتھرٕ کٔرِتھ زندگی گُزاران. یِمَن آشنٕن ہندۍ ناو چھہِ شریمتی بھاونا شاعر، چیتنا جیلخانی تہٕ سُنندَن بکو. کوٗرلوٚیہٕ تہٕنٛز زِٹھ ہِش اولاد چھَس تہٕ یَس شریمتی پرتھبھا ناو چھہٕ، چھےٚ ایس۔ ایم۔ زُتشی صٲبَس باگٕنۍ آمٕژ. بیمار داری، دوران روٗز سوٚ تہٕ یَنِس مٲلِس ماجہِ ہُنٛد دِلہٕ جایہٕ خیال تھاوِتھ یِنُن فرض نِباوان ۔

پرتھوی ناتھ بٹ سُند پیاجی پنڈت شوجی بھٹ اوس گوڈٕ ریاستی پولیسَس منٛز کانٛم کران تہٕ پَتہٕ روٗد جنگلاتکس محکمس منٛز ملازمت کران یُمہِ کِنۍ تَس گرِ شُرِن پرناونُک کہے ہَن موقہٕ اوس میلان ۔

پُشپ صٲب چھُہ مَٹن بھوَنے ماتال گرِزامُت۔ ماجہِ بُڈی بَب راگھو رام فوطیدارٕ رِتہِ۔ نِگرانی منٛز سے آو سُہ رٕچھنہٕ سکوٗل سوٚترِس تام یعنے

# آگر نیب

پرتھوی ناتھ بھٹ زاو ۱۶، اکتوبر ۱۹۱۷ء اننت ناگس (اِسلام آبادس) نکھے اُکس گامَس برارِ آنگن (اوٚماٹگری) ووترٕ سہٕ پنڈت شوجی بھٹ ہٕندِ گرِ یُس پنڈت رِشی بھٹ سُند پوٚترٕ اوس تہٕ یُس مٲلی کرانٔی ہانکلہِ کِنۍ تمہٕ سُند بُڈی بَب اوس۔ ماجہِ اوس سُہ شریمتی رجنی بھٹ ناو، یوٚسہٕ مَٹنٕکِس پنڈت راگھو رام فوطیدار سٕنز کوٗر آس تہٕ مٲلی نانہٕ اوس سُہ شریمتی سُمن دید ناو۔ پرتھوی ناتھ بھٹ صٲبَس اوس اکھ بوے یَس بانکے بہاری بھٹ ناو چھُہ تہٕ یُس وُنہِ حالے حیات چھُہ، سُہ روٗد وٲنسہِ اَنہر سُے۔ تمۍ کٔر گوڈٕ بمبیہ (ممبیہ) ہندِس پرتھوی تھیٹرس منٛز کانٛم تہٕ بھارت سرکارکِس فلم ڈِوژنَس منٛز تہٕ کانٛم کرنہٕ پَتہٕ بناوِن آرٹ فلمہٕ اُس کی روٗنی تہٕ وُنکین تہٕ چھُہ فلم سازی ہٕندِ سے فنَس سٟتی وابستہٕ۔ تَس چھِہ کیٛتہٕ قومی تہٕ بین الاقوامی اوارڈ ژٕٹری متہ۔ بیٛنہِ اوس سُہ درگاجی کوترو ناو یوٚسہٕ سوٗرگہٕ واس ایچ۔ این۔ کوترو مَس باگٕنۍ آس آمٕژ۔ آشنہِ اوس سُہ شریمتی

إِٹھی جمأژ تام پوٚر تمۍ پننس زِٹھس ماسَس وِشمبر ناتھ فوطیدارنہٕ نگرانی مَنز مَنٛنہٕ تہٕ اننت ناگہٕ بی۔اے۔ کوٚرُن ایس۔پی۔ کالج سرینگرٕ پنجاب یونیورسٹی لوہوٚرٕ پیٹھٕ ۱۹۳۸ء کیٛنٛت۔ شہر سرینگرٕ ایس۔پی۔ کالجہٕ بیترِ پرنس دوران ، اوس سُہ شری سرواند کول زارُ چندگرہٕ بڈی یار روزان۔ پُشپ صأب اوس پوٚتُس گوگجہ باغہٕ مکان ۳۳ ہس مَنز روزان یُس تمۍ پانٕے بنوومُت اوس تہٕ جوٚمہٕ تہٕ دِلہٕ اوس کرایہٕ مکانَن مَنز روزان گوڈٕ چوک تالاب تِلوٚ تہٕ ۱۹۸۹ء پَتہٕ مالیوٚر وہارٕ دِلہٕ یُتہٕ تہندی زٕ نیچوِ سرہد تہٕ پمپوش بیہ کوٚرٕ پرٕ تِھا روزان چھہ۔ یلہٕ پُشپ صأبن سکوٗل تہٕ کالج سوٚترٕچ تعلیم مکمل کٔر تمۍ سُند ادبی سوباو وُچِھتھ کوٚر تس ٹاٹھنیارٕ کٕنۍ مامَن پُشپ یعنے پوشِ ناو، یُس تمۍ سُند پَتہٕ لیکھُت (تخلص) بنیوو۔ سُہ اوس پَتہٕ امی ناو کأشرِ ادبی حلقن مَنز شاعر، نقادٕ، لسانی ماہرٕ، تہذیب شناس تہٕ محقق ہِندِ حیثیتہٕ ویوٚد۔ کانگریسی وزارتُک سابق وزیر شری مکھن لال فوطیدار اوس پُشپ صأبُن ماترٕ بوے۔ پُشپ صأبنو اولادَو مَنز چھُنہٕ کأنٛسہٕ تہٕ اَکس شاعری تہٕ ادب وُرُن وَتھرُن دوں گوٚو پُشپ صأبنٕ سادگی، اِنکساری تہٕ لینرمی یا تمۍ سُند خلوص تہٕ ووہنٕ وَژھرٕ چھکھ ہیتی۔ ادب نوازی ہُند غوطہٕ تہٕ چھکھ لوگمُت یُس تہندِس فرزند اکھنو پُشپ ہِندِ مے ہیتی۔ . . . . . . . .

اَکھ بندٕ کرنہٕ تلہٕ نیو، یلہٕ مےٚ تمن پُشپ جیس متعلق کینٛہہ ضروری اطلاعات مَنٛگ تہٕ تمو وِژنہٕ کانہہ تار۔ بہٕ چھس اَمہِ باپتھ تہندس سیٹھا شُکر گذار۔ تمو دیت مےٚ یقین زِ بہٕ تھو تہندی سأری کأشرِ، ہندی، اردو



تہٕ انگریزی لیکھ وکھ وکھ مطبوعہ کیو غیر مطبوعہ زٕ ژھرٕ آوِتھ۔

۱۹۳۸ء منز بی۔اے کرنہٕ پتہٕ کوٚر پُشپ صأبن پنجاب یونیورسٹی لاہور پیٹھٕ ہندوستانی لسانیاتکہِ مطالعہ سان ہندی آنرز (۱۹۳۹ء) ویدانتکہ خاصہٕ مطالعہ سان کوٚرُن سنسکرت آنرز ۱۹۴۲ء منز تہٕ ہندوستانی کتبات کہِ خاص مطالعہ سان ایم۔اے ۱۹۴۰ء تہٕ ہندوستانی لسانیاتس منز کٔرُن خاص ڈگری دکن کالج پونا پیٹھٕ ۱۹۵۵ء یَس منز حأصل۔ ۱۹۴۲ء پیٹھٕ ۱۹۵۸ء تام رُود ایس۔پی۔ کالج تہٕ امر سنگھ کالج ، بیترِ کالجن منز لکچرر، ریڈر تہٕ پروفیسر ہِندِ حیثیتہٕ کأم کران۔ ۱۹۵۸ء پیٹھٕ ۱۹۶۲ء تام رُود اسسٹنٹ ڈایرکٹر ریسرچ تہٕ پبلکیشنز محکمہٕ تعلیم ۱۹۶۲ء تا ۱۹۶۵ء پرنسپل گورنمنٹ کالج پونچھ، ڈایرکٹر آرکایوز تہٕ لایبریریز جموں وکشمیر ۱۹۶۵ء تا ۱۹۶۷ء تہٕ رٹایرگژھنس تام ڈایرکٹر لایبریریز میوزیمز تہٕ ریسرچ ۱۹۶۷ء تا ۱۹۷۲ء یلہٕ سُہ ۵۵ وری وأنٛسہٕ پرأوِتھ رٹایر گوٚو۔

اَمہِ علاوٕ رُود پُشپ صأب اَدبی، لسانی تہٕ ثقافتی ادارَن سیتی واریاہن سوٚترن پیٹھٕ ذی عزت حیثیتَن منز وابستہٕ یمن ہُند کم کاسہٕ ذکر یِتھ مونو گرافس منز چھُ سپُدمُت تہٕ یمن ہُند تفصیلی ذکر یتھ جاینے روزِ ت

۱:- کنوینر بورڈ آف سٹڈیز، ہندی تہٕ سنسکرت یونیورسٹی آف کشمیر ۱۹۵۸-۶۲ء

۲:- کنوینر ہندی ایڈوایزری کمیٹی ریاستی کلچرل اکیڈمی ۔ ۱۹۵۹-۶۲ء

۳:- کنوینر ایڈوایزری بورڈ بھارتیہ گیان پیٹھ (JNANPEETH) دہلی ۱۹۵۵-۷۲ء

۴:- کنوینر ایڈیٹوریل بورڈ کأشر۔ کأشر ڈکشنری کلچرل اکیڈمی سرینگر ۱۹۶۶-۷۸ء

**پُشپ**

۵:- سیکرٹری ٹیکسٹ بُک ایڈوائیزری بورڈ جموں وکشمیر ۱۹۵۸ - ۶۲ء
۱۹۶۵ - ۶۸ء

۶:- مقامی سیکریٹری اورنیٹل کانفرنس سرینگر سیشن - ۱۹۶۱ء

۷:- جنرل سیکریٹری (ڈاکٹر۔ آر۔ این۔ ڈانڈیکر سیتۍ) ۱۹۶۱ - ۶۱ء
آل انڈیا اورنیٹل کانفرنس پوٗنا ۱۹۶۲ - ۶۸ء

۸:- صدر کلاسیکی سنسکرت سیکشن آل انڈیا اورنیٹل
کانفرنس وارانا سی سیشن ۱۹۶۹ء

۹:- بوٚنہٕ کنہ ورج ادارن ہٕند اعزازی ممبر تہٕ اوس

۱:- آفیشل لنگویجز کمشن حکومتِ ہند ۱۹۵۵ - ۵۶ء

۲:- ایکزیکیٹو کمیٹی لِسانی سوسائیٹی کلکتہ : حکومتِ ہند ۱۹۵۶ - ۶۰ء

۳:- گورننگ کونسل نیشنل لایبریری کلکتہ ۱۹۶۵ - ۶۷ء

۴:- کشمیری مشاورتی کمیٹی ساہتیہ اکادمی نئ دہلی ۱۹۵۵ - ۷۰ء

۵:- جنرل کونسل ساہتیہ اکادمی نئ دھلی ۱۹۶۸ء تام

۶:- جنرل کونسل سنگیت ناٹک اکادمی نئ دہلی ۱۹۷۸ - ۸۰ء

۷:- ہندی بھاشا سمتی حکومتِ ہند نئ دہلی تا - ۱۹۶۹ء

۸:- ہندی شِکشا سنستھان آگرہ حکومتِ ہند ۱۹۷۷ - ۷۹ء

۹:- سنٹرل ایڈوائیزری بورڈ آرکیالوجی ۔ میوزیم
تواریخی رکارڈس کمشن، ماہرینِ آثارِ قدیمہ نیشنل کمیٹی
حکومتِ ہند . . . . . . . . تا ۱۹۷۲ء

۱۰:- صلاح کار گوجری ۔ گوجری ڈکشنری کلچرل اکیڈمی سرینگر تا ۱۹۷۲ء



تہٕ کاشُر انسایکلوپیڈیا . . . . ۱۹۸۹ء

یکم دسمبر ۱۹۴۷ء پیٹھہٕ ۲۹ فروری ۱۹۴۸ء تام کوٚرگوڈٕ گوڈٕ ریڈیو کشمیر جموں پیٹھہٕ پُشپ صابنہٕ کاشُر پروگرام پیش ۔

یِمہٕ کیٚنہٕ کوٚرتمۍ تہٕ تِمہٕ تمدنی تہٕ ثقافتی تحریکہٕ اکھ رُت ذٕسلاہ، یوسہٕ کیٚتین تواریخی وَکانن تہٕ دولابن منز ہینہٕ یِنہٕ پتہٕ تہٕ وُنہٕ جاری چھےٚ ۔ انجام چھُہٕ کانٛسی معلوٗم ۔

دَکھنے کٔرِتھ ژوٗل پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ تمہٕ پتہٕ وُہہِ وِہرِ سانہٕ وَرَل تہٕ وُریہہٕ اَکہٕ ہارِ منزٕ اَسہِ ۱۹ استمبر ۱۹۹۶ءس تراوِتھ، ماجہِ کشیرِ نِشہِ دوٗر مایرو ہارَدلہ۔ دِے کٔرِتس رُحس سوکھ تہٕ شانتی عطا تہٕ اَسہِ ژھٕنِ کاشرِ زبانۍ، اَدبَس تہٕ تمدنَس پوچھر دِنک تمی سُندِ بے لوٗث مِشن برونٛہہ پکناوُن۔ پروفیسر پُشپ تہٕ اوُس دسمبر ۱۹۸۹ءس پتے موجوٗدہٕ پُرآشوب تہٕ صبر آزما حالات بیا سپدنَس سیتی موج کٔشیر تراوِتھ ژوٗلمُت۔ اَتھ کیاکٔرِ زِ وقت چھُ نَنی یہہٕ دارَل تلوارِ یُس سانِن ساسہٕ واد اِنسانی رشتہٕ اَنگن اُچھ ٹٹہٕ وَہرِس منزٕ کتراوِتھ ہہے بُنگہٕ چھُ کران۔ آبَس پھٹہٕ وُن چھُ اِنسان بچنہٕ باپتھ یا اُبھِس لگنہٕ باپتھ کاسہٕ کرِ ژھٕنَ تہِ تھپہٕ کران۔ یہٕ ژُلُن تہٕ کلُن چھُ کاشرِن لوٗکن واریاہ لٹہِ پتھ پیوٗمت۔ اَزِ چہِ لٹہِ بیہِ تیا واپس کانہہ تہٕ زانہِ دَتے بکیازِ ہجرت کرِنی تہٕ تِمَس میہَس تل روزُن چھُ اَزِ کِس اِنسانہٕ سُندٕ مقدر۔ وَنُن چھُم یہٕ زِ پُشپ صاب اوُس وندِ کال کٔشیرِ نیبرٕ بے گزارِتھ لوٗنہٕ سونتہٕ کٔشیر پھیرِتھ یوان تہٕ اَزِ چہِ لٹہِ گوو تہٕ پتہٕ آوُے نہٕ پھیرِتھ تہٕ نہٕ یی زاہ۔ تَسِ تہِ اوُس یِزنہٕ یاگھٹ کٔشیرِ مُندمارِ موٗت تہٕ اوُس ژیوٗنمُت ۵

ژٔنبی آرا — اہربلا — وولرا

نوبُگا — کھیلنا — سونہٕ مرگا

کونسرٕ ناگا

دراوارا — سبزارا — ژٔنجا

روہ پہ سنگرمالا

# پۆت نظر

عاری تاتن ہیٛنز یہٕ ہانکل زندگی
ما چھرا ہموسہٕ سونزل زندگی
کیٛتر نازَل کیٛتر سازَل زندگی
کٔرِ زِ کیا اَتھ توتہِ کانگل زندگی
وُنِ مُترِ ہج تے وُنی یہِ طیش زندگی
دِہی کران کم کم تہٕ کم ژھل زندگی
سونتہٕ ہر دِل ہرد سونتَل زندگی
گرٛتھ تہٕ آسنہٕ لولہٕ مسوٗل زندگی
اَز پچھے کامترِ ہولہٕ زخمَل زندگی
ما چھرا ہموسہٕ سونزل زندگی
عاری تاتن ہیٛنز یہٕ ہانکل زندگی

بے رحم ڈکھی جل تہٕ وِہی بدلہٕ دِنہٕ ہانزل زندگیہ پنجِ دو ندوَیہِ دِنی

سۄنہٕ تالا
ہیہِ وَنہٕ فٹہا
ہَندِ ماآدانا
پرٕ بتھ پُھلیاہ
پۄنپرٕ دُوڈرا
وَنہٕ وِگنین پرٕ نیہِ وُن
وِگنہِ بلا
مَنہٕ پۄژ پھولہٕ وُن
پمپوشہِ ڈلا
پاں ژادر نغما
آرٕ گرٕ زا
کولہٕ شور شور
ناگنہِ گنگہٕ رایا
ژھایِل تاپُل
بولا بوشا
گوٗ گوٗ پی پی ٹیرٕ ولہرا
میاں میاں
پیاں پیاں
چاں چاں صدٕ ہا



ہسرٕ ہر ہوٗ ہوٗ، ٹی ٹی گرایا
فطرُتٕ ہُند ساز اسنطوٗرا
سیِّدِ سیُّود سوزا
یُتہِ زانہہ سوریا
زُونُک جوشا
سنہُک جوشا
اَسنُک روشا
یُتہِ زاہ سوریا
کُنہِ نازٕ ہٕژ ھج یاآرا
ڈیکگو جل
کُنہِ دِودارا
سپزرا پزرا
کُنہِ معصوٗم شرٕ دُوٹھ کمہٕ جارا
کُنہِ مایہٕ برٕژ ہرٕ چ نظرا
یُتہِ زانہٕ سوریا
پوٗز نفرٕژ کٕی ارٕ سرٕ
آسہِ ادٕ کن
اُچھ تُلنہٕ دِنا؟
کُنہٕ آوُیِل زاوُیِل سورا

بہ ہُک

کُنہِ بولہٕ سرِیُل آلوا

ژہٕ ہُک

کُنہِ ہولہٕ بۆرُت سوزا

سمیکُ

یٔتہِ زانہہ سوریا

پۆز !

أندٕ یِکھی

مُتی آبکی رَڈٕ گرٕزر

اَتھ کُن

اَسہِ کُن وارَنہٕ دِن تیا (زانہہ سوریا۔ ۱۹۷۸ء)

اَکہِ حِسابہٕ ہے وُچھو تیٚلہِ چھُ أندرٕ نیٚبر سورُے کینہہ سوریُٔت تَس اِنسانَس وَرأے یُس أندرٕ ہٕ نیٚبر نیٚبرٕ مَل دوٚنوٚ ہیتھ پُشپ صأبنی یأٹھی ہُوے آسہِ۔ أسی ہیکَوَ اَزٕ یہِ کتھ یِے وأیہِ دُنیہ زٕ تجارت کیا چھُنہٕ نیٚومُت مَنزلہِ پیٚٹھ مزارَس تام۔

بقولِ دینا ناتھ نادمؔ :-

زٕٹ پٕٹ چھوٚزٕ چہِ اخبار کہنوٕ

پھوٚل ہیوٚل چھُو کھأرِن کھارٕ کہنوٕ

دھن دیار ڈُلہٕ گرٕ بار کنوٕ



رُدی کاغذ اخبار کنوٕ

بُزِتھ زبۆر ڈُپشہِ اوٚن لأگو

لٕمی کیا کوٚر توبہٕ کیا ژیٚون لأگو

کھارا کھیتھ سَنہ کھوٚتہٕ سوٚن لأگو

زیٚوٕ رہَن کٕرِو گُفتار کنوٕ

ردی کاغذ اخبار کنوٕ ( کاکدوأنی ہنٛز نظم ،

پروفیسر پُشپ صأبس سیتی پنٕنہ یٔشر کالکس لولہٕ ولوہارس مُتعلق وَنہٕ

بہٕ اَز بقول تہندی یوٚتے ؎

شوقچہِ ڈبہٕ پیٚٹھ الغابے

کُس تامَتھ یوٚت ژھایہ وُچھام

کتھ چھنہٕ زن زاپنٕ۔ فروری ۱۹۹۵ءہُک ریتھ اوس۔ نوِدِلہِ رایندر بھون اوس ساہتیہ اکادمی کاشُر ترجمہٕ ورکشاپُک سنتر کوٚرمُت۔ معاصر ہندوستأنی انگریزی کہانین ہنٛز سومبرن CONTEMPORARY INDIAN SHORT STORIES IN ENGLISH یوٚس جناب شِو کے۔ کمارن ترتیب چھنہٕ وٕژمٕژ، أمس کاشُر ترجمہٕ باپتھ ژارنہٕ آمٕژ۔ مےٚ ناچیز سان أسی باقی ترجمہٕ کارَن منٛز جناب محمد یوسف ٹینگ، جناب پروفیسر پی۔ این۔ پُشپ، جناب ہری کشن کول، ڈاکٹر مرزا محمد زمان آزردہ، جناب نشاط انصاری، جناب غلام نبی ناظر، جناب عزیز حاجنی، ڈاکٹر شاد رمضان، جناب غلام رسول سنتوش تہٕ جناب مجروح رشید شأمِل۔ پُشپ صأب تہٕ ٹینگ صأب أسی

ماہرکٕن ہندِ تحٔقیقہٕ تہٕ محفل شوٗبہٕ راوِتھ۔ غلام نبی آتش صأبن اکہِ کہانی ہُند ترجمہٕ کٔرِتھ سوٗزمُت تہٕ پانہٕ اوس نہٕ ورکشاپس منز شریک۔

ساہتیہ اکادمی ہندی ڈپٹی سیکریٹری جناب رمیش کھیپن تہٕ پروگرام آفیسر جناب ہیرامنی بنڈؤنی آسی ہینز رفیق کار یمتی ہیتھ سأنی میزبان۔۔۔۔
پُشپ صأبس ستۍ اوس دوہدِش ملاقات سپدان۔ میانہٕ باپتھ اوس یہ وۄنۍ بوڈ راش زیٚنۍ۔ یہِ چھِنے سوار زتھ الوسہٕ آدم کُنہِ وِزِ سبز راہے چھُ لبان۔ اگر یہِ منٚے پتاہ آسہے زِ پُشپ صأبن ہوِس شوقِ منٕز وردِس تہٕ کأشِر زبأنی ہندِس ژٕکی دٕرس تہٕ پننہِ تہذیبکس وگدارس ستۍ چھُ یہوے آخری مُلاقات تیلہِ کرِ ہا بہٕ تہنٛزن علمی، ادبی تہٕ عالمانہ صلاحیژن ہُند پوٗر پوٗر تہٕ پوٗت پلہٕ ہم تیوٗت فایدٕ تُلنُک کوشش۔ گرہ گژھہ ہس مایرٕ وہار یمتی تہٕ شیراز پاسون ادبہٕ باپتھ یمن ہُند یہ تمن دوہن ایڈیٹر اوٗس ہیمہ ہس" یہ تہٕ میون تخلیقی سفر" عنوانس تحت مقالہ لیکھتھ ٹیمیک منٚے تمہِ چھِ منز وعدا اوس کوٗرمُت ۔

رفیقم پوٗنپُر صأب!

آداب!

توتہٕ گیہ کتھا۔ تُہند اَتھ آیہ چِٹھی نتہٕ اوس گشتی مراسلہ دفتری دوٗرِ رُک باس دِوان۔ تُہُند خط پٔرِتھ ووتُس زنتہٕ گرِ واپس تہٕ لوٚگُس کاغذ ورقن دوٗنرٛ دِنہٕ۔ تھیہ تھوٗسہٕ ژ آرم کینہہ تخلیقات تہٕ تأرِم نوٚ سرٕ ورقن پیٹھ۔ یم نیرن بییہ بییہ سوزِ وو۔ مضموٗن سوزِ وو نوٚوٗری یہ



یہُس نہٕ کینہہ۔ پچھ وُہ دوہ لگم وُنہٕ۔ پرانِس پھیر دِوان چھُم ناکینہہ یاد وُتھری متربٕ کہِ ملبہٕ تلہٕ کڈِتھ آہن۔ ووہمید چھم زِ تُہی آسو گرِ بار سان وارے۔ مشترکہٕ احبابن وُنی تو میون آداب۔

حُبہٕ سان تُہند

پُشپ

یہ نوٚوٗری تہٕ پوٗمس ژ ہتس۔ دوٗیُن لس جلدے۔ ینہٕ جایہ وۄن نم زِ جانہٕ ساہتیہ اکادمی اوارڈ ایسے سوٗمبرٕنی "کینہہ نتہٕ کینہہ" ہس چھُم انگریزی پأٹھی تنقیدی جایزٕ لیوٗکھمُت یُس جلدِ ہے ینہٕ وأتِس دوٗماہی انڈین لٹریچر INDIAN LITERATURA رِسالس منز چھپہ۔ یہ تبصرا اوس یتہٕ مئی، جون ۱۹۹۸ ہکس ۱۶۷ مِس شمارس منز چھپیوٗمُت۔ یمشک منٚے پتہٕ زیری پے لوٚگ۔ اوارڈ یافتہ کتابن پیٹھ تبصر چھاپنُک یہ رُت سِلسلہ گوٚو خبر کیازِ تمہ پتے بند۔ منٚے چھُ باسان سہٕ آسہِ شاید کأشرِس منز تمٕ سُند یتھ ہیوٗ آخری تحریر۔ پُشپ صأبس آس ماجہِ زیٚو کأشر علاوٕ اردو، ہندی، سنسکرت تہٕ انگریزی زبأنین پیٹھ عالمانہ دسگاہ۔ یمُک قایل تمٕ سندی لیکھ پٔرِتھ سپدُنے چھُ ییوان۔۔۔
وَنُن چھُم یہ زِ پُشپ صأبٕنی ماہرانہٕ مشوٗرٕ بنیہ ساتہٕ آمہِ ورکشاپکۍ رہنما اصوٗل۔
ساہتیہ اکادمی ہنز مہمان نوازی تہٕ آس بے مثال۔ کأشرِ زبأنی ہندی ادیب، دانشور تہٕ ازکٕہکی پارلیمنٹ ممبر جناب پروفیسر سیف الدین سوز صأبن دِیُت ورکشاپس منز پننہِ سرکأری کوچہِ پیٹھ ادیبن تہٕ شاعرن ہندِس اعزازس منز پننہِ سرکأری کوچہِ پیٹھ ہمایوں روڈِ شاندار عصرانہٕ۔ یہ کوتاہ پھیر۔ پُشپ صاب

اوس اَسہِ پرٛیتھ جایہِ سٟتۍ سٟتۍ لوٚتہٕ چھجدار سایہٕ ٹھنہٕ۔ تَمہِ پٮ۪تہٕ یعنے ورکشاپ موکلنہٕ آس بہٕ کٲشرٕ پٮ۪ٹھٕ گرٕ۔ چِھٹھ سوزٕمَس۔ نظمہٕ سوزمَس چھاپٕتھ رِسالن منز۔ مگر زندگی ہِندِس مولہٕ رِشتس اوس زنتہٕ وِرسہٕ لوٚگمُت۔ پُشپ صٲبنہٕ زندگی ہِندی شوبہٕ دار کاروانن اوس تھکھ دیُت مُت۔ یہٕ روٗدُس پتہٕ تمۍ سٟندۍ کَدٕ ٹٮ۪لہٕ مارچ ۱۹۹۶ء یس پتہٕ رٹائر گژھنہٕ پتہٕ شُکریُک سوزمُت کارڈ منۍ واپس ووت۔ بے لوٗث تہٕ پُرخلوص محترم رفیق ہیرامنی بندوٗنی ساہتیہ اکادمی ہِندی پروگرام آفیسر سٟد مہربان۔ تمۍ سوٗز پُشپ صٲبنہٕ نوروزن جایہِ ہُند تازٕ پتاہ۔ واپس ووتمُت پوسٹ کارڈ سوزمَس پننہٕ تازٕ چِھٹھِ سٟتۍ تورۍ پھیرتھ۔ ووٗنۍ آو نہٕ لفافہٕ واپس مگر پُشپ صٲب اُوس عملی طور زندگی روٗشمُت۔ میانۍ ناچیزٕ چِھٹھۍ کُس طلوٗ ٹھُم تلہٕ تہے ژھوٚپہٕ ہِندِس وِشال سٟدرس۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

دِلہٕ ہِنز اکھ معروٗف ثقافتی تنظیم آٮ۪س تَس اکتوبر ۱۹۹۶ء کِس رتَس منز تمۍ سٟندِن اَدبی خدماتن ہُند اعتراف کرٕنگ اَکِس پُروقار تقریبہِ پٮ۪ٹھ عزت افزائی کرٕن واجنہٕ مگر سُہ ژوٗل بروٗنہٕ ٹھے ۱۹ ستمبر ۱۹۹۶ء روٗشِتھ تہٕ ہاوُن سوٚ بے نیازی یٕمیُک سُہ وٲنسہِ روا دار روٗدمُت اوس۔ بنہٕ وٲٮ۪س اوس یہاناہ ژھارُن تہٕ نوٚن اَسہِ نِشہِ غذا نارکہِ کینسرُک وکانہٕ کٔرِتھ۔

پُشپ صٲبُن سوٚم، لوٚکہٕ اوٚر دوٚر جسم، مَنچھ وُٹھتہٕ ژوٚنٕرٕ ژوٚنٕر تہٕ اسوٚنہٕ ہونجہٕ زورٕ زورٕ پرٕزرٕ پاٹھ کرُن۔ نالہٕ متہٕ رٹُن یا کھوٚنی کلہٕ دی دی لرِکُن یا لرٕ بہُن وٲلۍ سٟند توجہ پانس کُن پھرُن کتہٕ کران کران ژوٗ ژوٗ کرُن تہٕ اَژھین اَسَن کھنگالہٕ تراوُن چھُ یاد پِوان تہٕ پٔژھے چھنہٕ یہان زِ سُہ گوٚو اَسہِ نِشہِ ہمیشہِ



باپتھ ژھینہٕ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ جگرکۍ مہلک آثارٕ آسۍ نہٕ تَس وُنہٕ بُتھہٕ پٮ۪ٹھٕ نٕنۍ، حالانکہ تقریبن شیتہٕ وُہر آسہے۔ پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ شوٗدِمنُک اَندرٕ نیبرٕ ہیوٗے مَنُش۔ اَزَروٗن اوس نہٕ تہندی کینہہ پوٚکمتے۔ شہرتُک اوس نہٕ تَس کانہہ تمنا۔ سُہ اوس پرٕزھوٚ تہٕ یموٗ داریا ہو کمزورِیو نِشہِ آزاد۔ تکیاز سُہ اوس یہ کتھ زانِتھ زِ، زمَس یتھ چھُنہٕ یتہِ کینہہ تہِ لارُن۔ تمۍ چھُ پانہٕ تہِ ووٗنمُت ؎

| | |
|---|---|
| اَتہٕ گتھ وَتہٕ گتھ | دوٚ دوٚ پَتہٕ وَتھ |
| سوراں سوٗرے | روزاں ژھرٕ کَتھ |
| شیطاں بروٗنہہ بروٗنہہ | اِنساں پَتھ پَتھ |
| پانَس سن پوٚز | واتھ کتھ کتھ |

پُشپ صٲب زانَن بہٕ پانہٕ تمہِ دوہہ پٮ۪ٹھٕ ٹیلہِ بہٕ ۱۹۶۲ء یس منز پننۍ گوڈنِچ شعر سومبرن " بہٕ گیوٚ کتھ ؟ " تَس پیش کرنہٕ تمۍ سٟند دفتر لال منڈی گیوس۔ تمن دوہن اوس پُشپ صٲب ڈایرکٹر لایبریریز آرکایوز تہٕ میوزیَم تہٕ دفتر اوسُکھ فوق بلڈنگ منز لال منڈی یتہِ اَز ریاستی کلچرل اکادمی ہُند دفتر آباد چھُ تہٕ یتہِ بہٕ واریاہن منصبن پٮ۪ٹھ کٲم کرنہٕ پتہٕ مارچ ۱۹۹۶ء یس منز۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

ایڈیٹر کٲشری سٟندِ حیثیتہٕ رٹائر گوس۔ اکیڈیمی ہِندِس میانِس ملازمتہٕ دوران لوٚگ سانین تعلقاتن بیہ ہَن پوچھَر۔ خاص کٔرِتھ ٹیلہِ یہِ ڈکشنری ہِندِس شعبس منز کٲم کران اوسُس تہٕ سُہ اوس کٲشرِ ڈکشنری ایڈیٹوریل بورڈُک کنوینر تہٕ گوجری ڈکشنری بورڈُک ممبر تہٕ۔ کٲشرِ ڈکشنری بورڈکۍ باقے

ممبر آسۍ پروفیسر محی الدین حاجنی، مرزا غلام حسن بیگ عارف، تہٕ غلام نبی گوہر،
پروفیسر سری کنٹھ توشخانی اوس چیف ایڈیٹر۔ کینٹن کالُس اوس پروفیسر جیا لال
کول تہٕ کاشر ایڈیٹوریل بورڈُک ممبر۔ پُشپ اوس دِلہٕ جانہٕ محنت کران تہٕ اسان
اسان کأم اَنٛدٕ واتناوان۔ پُشپ صأبنۍ اَسن کھنگالہٕ بوزِ وُنے اوس فکر تران
زِ ڈکشنری بورڈچ میٹنگ چھےٚ لگتھ۔ سُہ اوس نہٕ بیٚکأرۍ زانتھ کأم پتہٕ پیٚٹھ
زن شیٖن والان۔ تمن دوہن چونکہ اوس یی تہٕ تعلیم حأصل کرنُک یوندبس
گامن گٹھن منز ییمہ کِنۍ پُشپ صأبس پرٕنہٕ باپتھ شہر سرینگر وُسن پیوٚو یتہٕ سُہ
ڈیارِ روزان اوس۔ سنہٕ ۱۹۲۳ء منز لوگ سُہ ایس۔ پی۔ کالجہٕ گوڈٕ انوار ہندی،
سنسکرت لیکچرر۔ اَتہٕ روٗد سُہ گوڈٕ پرتاب میگزینُکہٕ ہندی سیکشنُک ایڈیٹر تہٕ
پتہٕ روٗد سُہ سنہٕ ۱۹۴۰ء یس تام امی رِسالکہ ہندی، اُردوٗ تہٕ کأشر تریشوےٚ سیکشن ترتیب
دِوان۔ سنہٕ ۱۹۶۰ء یس منز آو تٔمۍ سُند تبدیل کرنہٕ۔ گورنمنٹ ڈگری کالج پونچھ روٗد
پرنسپل۔ تتہٕ کوٚرن کالج میگزین آیینہ جأری یُس سنہٕ ۱۹۶۵ء پیٚٹھ اَز تام ژھِد
روٗستے نیران روٗد۔ امرسنگھ کالج سرینگر تہٕ روٗد واریاہس کالس کأم کران۔ سُہ اوس
زاہٕ شُرِن اولادِ زانتھ اَکس ژُکی دَرٕ ہندی بأٹھی دِلہٕ جانہٕ پرٕناوان۔ پُشپ
اوس پننین شاگردن منز تہٕ معتبر تہٕ پننین محترم رفیق وو ستادن ہنزن
نظرن منز تہٕ محترم۔ تَس نِش گیوٚو شُرۍ پرٕناوُن بڈ عبادت۔ گرٕ بایر روٗد
پُشپ تھکنہٕ لایق اَدبی کأم کران۔ ہندی، سنسکرت، انگریزی، اُردوٗ،
تہٕ کأشر زانہٕ علاوٕ اوس ڈوگری تہٕ پنجابی تہٕ زانان۔ تٔمۍ سُندۍ واریاہ مقالہٕ
چھِہٕ ممن سارِنی زبانن ہندین رِسالن تہٕ انتخابن منز شأمل۔ تٔمۍ سٕنز نِگرانی



منز نیرن وول لائبریریز تہٕ ریسرچ محکمُک انگریزی ریسرچ جرنل RESEARCH
JOURNAL چھُ وُنہ تہٕ بے مثال۔ پُشپ چھُ کأشر زبأنۍ تہٕ ادبکس توارِخس
منز اکھ وِیوٚد ناو۔ لِسانیات، تحقیق، تنقید، تاریخ شناسی ییتہٕ سیتی چھےٚ تٔمۍ
سٕنز سخن فہمی تہٕ اَدب شناسی تہٕ معتبر۔ پُشپ صأبنین مقالن ہنز چھےٚ وُنیکُس تام
کانہہ تہٕ سومبرن چھاپ سپٕنز میٚژ۔ پُشپ اوس ریاستہٕ نیبر کأشر تہذیبُک، ثقافتُک،
زبأنۍ تہٕ ادبُک ناو دار، بے لوٗث قدآور سفیر۔ ییٚمۍ کأشر رُح تہٕ کأشر میٚژ ہنز خوشبوے
غأر کأشرن تام شوٗبہٕ دار بأٹھی واتہٕ ناو۔ سنہٕ ۱۹۶۹ء یتہٕ دِلہٕ منز روٗزِ تھ تہٕ نیچھ نوو تٔمۍ
کأشر زبأنۍ تہٕ ادبُک ناو۔ ضرورت چھےٚ ییمہٕ کتھ ہنز تٔمۍ سٕندی بیٚون بیٚون زبانین
منز لیکھی میتۍ مضمون ین سومبراوِتھ کتأبی صورتس منز چھاپ کرنہٕ۔
سنہٕ ۱۹۶۲ء یس کیٚت ژیلہٕ بہٕ تس پننۍ کتاب، ہیتھ وِتر گیوس تہٕ اَز سوٗرگہٕ
واس گژھنس تام یاسے بہٕ نہٕ منےٚ پُشپ صأبنس مُژھ جارس تہٕ پاینارس
منز کانہہ تہٕ فرق۔ تمہٕ دوہہ پیٚٹھ ژیلہٕ منےٚ کأشرس اَدبس منز گوڈنیکے قدم
اوس ترووُمُت وو تھ سُہ منقبہٕ کرسہٕ پیٚٹھ تھوٚد، برونٹھ پیتھ تُلُن درواژک
پردٕ تہٕ بیہنوونس آدرسان پانس برونٹھ کنہٕ تہٕ اَز تٔمۍ سند آسہٕ منز باگ جسمأنی
طور نہٕ روزنس تام، روٗد سُہ منےٚ پرتھ مرحلس پیٚٹھ اَتھ تھہلاوان تہٕ مَنٛڈ
مَنٛڈ دِوان۔ یِتھی ہوی شفیق لوٗکھ چھِ کیہن یتہٕ دُنیاہس منز سمکھان تہٕ
زنٛم لبان۔ اَوے تہٕ کرٕمس وَژھ وأنۍ خیہٕ . . . . . . . . .

یِمہٕ اِنکسارٕ سان پَنٕنۍ شردھانجلی پیش ؎

کاشُرس وِدوان اَکھ دِگدار رُوو
شمعِ محفِل قدرتُک شاہکار روو
سادٕ سیوٗد نِیر مَل ووُنُدک مالِک پُشپ
وِنیشُو، وِیتھ ہٕندِ مالِنیُک پھمبوار روو
کوٗر اَزِل وقتن تہٕ ژوٗل ترٲوِتھ چمن
پیوس راوَن تیوٗل زہریکبار روو
لاج پُرٕنگرس اندر موتن تھوٗس
بُلبُلس شرروٗد اکھ گُلزار روو
سارٕیتہٕ مُتی آب کس وقتس تھوَن
ژٕڈیتی رٲیل گُٹلہِ دوِد ا ررووو
بونہٕ کترٲوِتھ شہلُ ژرٲپتھ نوُن
یَتھ وِتھ لوٗگ نارتے انہار روو
بار صاحبہٕ کاتھ مرثی لیکھی
چھم، چھما چھم، چھم مے شبنمُشار روو
سَروِ سبزرَس بالہٕ تھزرَس کارِ خَم
ورزٕ واوَس کاشُرس سمہٕ زار روو
اَسنہٕ کھنگالاہ کتھن ہُند یارٕ بَل
زٲو جارَن واتہٕ وُن بیدار روو



نوِدلہٕ ہٕندِس روِیند بھونَس مَنز تہٕ سپنز پُشپ صابَس شردھانجلی پیش کرنہٕ باپتھ تعزیتی مِٹنگ یَتھ مَنز تمی ہٕندی ہِتہ واد مداح، دانشور، شاعر تہٕ اَدیب شریک سپدی. ہِندی زبانۍ ہٕندی ممتاز شاعر کیلپ واتساین تہٕ اُسی اَتہٕ موجوٗد.

نوَدلہٕ ہٕنزی کاشُر سمتی تہٕ تھوِی بَنہٕ کاشُر سماچار ناوی رِسالُک گوشہٕ پروفیسر پُشپ صابنہٕ بَہُہٕ پاٹھۍ شخصیتس شردھانجلی ارپن کرنہٕ باپتھ وقف.

پُشپ صابنیو ذی ہوش، لایق شاگردو، پُرخلوص رفیقو تہٕ ہم سفرو کَر تمن ہندی، انگریزی تہٕ کاشری پاٹھۍ شردھانجلی پیش. تمو وُیت سیٹھا جان پاٹھۍ تہٕ بے وایہٕ تہندِن ادبی کارنامَن تہٕ پھیر تہٕ یتہٕ دایرکھ زِسہٕ کوتاہ شفیق تہٕ قابل ووستاد اوس. عقیدتکۍ سدا بہار خوشبوے ژھٹہٕ وِنی پوش اَرپن کرَن والین منز چھ ڈاکٹر رتن لال شانتَ، ڈاکٹر اومکار کول، نِرمل کُسُم کاچرو، پروفیسر ویرو نیشو ییشور، کے. ایل. بھلا، چمن لال سپرو تہٕ اے، این، دربیتر شامِل. یہند پو لیکھو تہٕ کوٗر مےٚ پُشپ صاب زبر پاٹھۍ زانِنس منز مدد یِمہٕ باپتھ بہٕ تہند تہٕ تہٕ کاشُر سمتی ہُند تہٕ شُکر گُزار چھُس.

اَمہٕ حوالہٕ چھُ موتی لال ساقی، سُتدارُدُ مضموٗن تہٕ پھیرن لایق یَتھ مَنز بَنہٕ خاص اندازٕ پُشپ صابَس شردھانجلی پیش کران تہندی ادبی کارنامہٕ تہٕ ژِتہٕ تس چھُ پاوان. (وُچھو شیرازہ جلد ۳۶، شمارٕ ۸-۹)

کاشُر زبانۍ ہُند معروٗف شاعر تہٕ براڈ کاسٹر شمبھو ناتھ بھٹ حلیمؔ تہٕ چھُس یِمہٕ انمانہٕ عقیدتکۍ اَچھر پوش نذر کران ؎

باغ شیرِتھ دراو پَتھ ون پوش سون
بولہٕ وُن یا ہوٗ سپُد خاموش سون
ہَمدٕ ژھنٛڈ بے درد کاژاہ سنگدل
یِمی نہٕ زرر نوو شوٗد یَتھ ہ ہُمپوش سون
وَانسہِ یِمو رُچھ آنپہٕ منگوٗنی چانٛڈ سانٛی
لُر ہیرِتھ دراو شاہہٕ یِہٕ تسر پوش سون
یِمی چمن وُزنوو وقتکُ نادِ دِتھ
کاشرِیکُ کوتاہ دِیَس تس اوس راگ
اَنت سمیَس تانٛی روٗدُس ہوش سون
رَتھ کدِتھ "لکہٕ ہارژیھہٕ آو پانہٕ ہیتھ
خام طمہی نِتہٕ روٗچھن سنتوش سون
کَتھ پھرنی کرتر رٕوز یَتھ کُنٛ اَکھ حلیم
زیٛون مرُن چھُنہٕ راوَنک آغوش سون



# پُشپ۔ اَدبی دیُت!

بِربتھ کانہہ انسان چھُ خدایَن کُنہِ خاص کامہِ خاطرٕ بنوومُت۔ تہٕ زَن گوٗڈ پربتھ کانٛسہِ چھِنے بیٛون بیٛون توتھن ELEMENTS "ہنٛز اَڈرَن توٗرے مینتھ تہٕ توٗلِتھ۔ زیر زبَرٕ ہے ہیٛور لبن گرتھیس، کُنہِ ییہٕ نہٕ اَکھی۔ اَکھی سو یاوِ ہِشرَس بلکہ توتھہ ہِشرَس ہیٛو وسو یاو یا مزاج ناو۔ اَکھی ہیکو دوٗیمَن لفظن منٛز تقدیر تہٕ وُنِتھ یکیازِ، زِ نمہٕ سو یاو ہیکہٕ نہٕ بدلِتھ، بلکہٕ ہیکہِ تہٕ یِتھ سِتی شوٗبہ دار یا کھٹی ڈُنجہ رٕوزِتھ۔ یَس یِمنٛ سو یاو یا مزاجہٕ ڈنٛڈ برزناوِنی نگہِ سٕے چھُ تہٕ یِمنٛ یِمہِ بایتھ سہٕ خدایَن یادٕ آسہِ کوٗرمُت۔ اَکھی ووٗنکھ یِمی یِمنٛ پان پرزِ نوو تمی پرزِ نوو یا زون اللہ تعالیٰ تہٕ۔ پُشپ صابس اوس تاریخ شناسی، تحقیق ادب تہٕ شعر فہمی ہُند سو یاوٗ توٗرے سِتی۔ یمہِ وَقتہٕ پُشپ صابَن تعلیم حاصل کَرٕ تہٕ کالج ووستادی ہُند ذی عزت منصب پرو و تمہ زمانہٕ آسہٕ پڑھہ سیھو لیٖتر سیٹھاہ کم بہم۔ کاشرِ پنڈت (بٹہٕ) آسی تمہ وَقتہٕ تہٕ تعلیمہ ہنٛز اہمیت زانان یِتر یا کھٹی اوسکھ آسُن بسُن تہٕ تہٕ عام زبانٛی منٛز آسی ہاکھ بتہٕ تہٕ کھوان۔ ظاہر چھُہ زِ پُشپ صابن چھُ

گوڈٕ کلاسیکی سنسکرت شعر وأدبُک سۆن مطالعہ کوٚرمُت۔ یِمہِ سیتی تٔمی ہِندی مزاجن تہٕ کلاسیکی رنگ روٚٹ۔ مےٚ چھُنہٕ یِتھ کتھہِ منز کانہہ تہٕ شک باسان زِ تٔمی ہِندِس تحقیقی تہٕ تنقیدی اُسلوبُک کتھہٕ باتھہٕ ہُنٛد (مکالمکُ) رنگ چھُ یِرناوُنہٕ علاوٕ تمیکُ تہٕ نتیجہ۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ کُنہِ حدس پٔرزٕ شاعری چھُنہٕ پُشپ صابُن گوڈنیُک عشق۔ یہ تہٕ شوق چھُ شاید یتہٕ پٔتر کالہٕ تٔمی ہِندِس دِلس منز وۆتلیومُت۔ پُشپ صابٕنۍ چھِ وُنیکۍ تام کأشرِ زبانِ موخصر موخصر شعری مجموعہ چھاپ سپدۍ ہتۍ اکھ۔ ۔ ۔

۔ ۔ ۔

"سُنہٕ وُن سازِ تہٕ بیاکھ" لگہٕ ہارٕ ژُہہ ۱۹۷۸ء یِم دوٚشوَے شعر سوٚمبرنۍ چھےٚ تٔمی پانےٚ چھاپٕہِ تہٕ یِمن ہٕنز کتابٕ چھےٚ غلام رسوٗل بٹ صابن کٔرمٕژ۔ "لگہٕ ہارٕ ژہُہ" شعر سوٚمبرنۍ منز چھےٚ کُل ۳۲، لوکچہِ بجہٕ نظمہ شامل تہٕ سُنہٕ وُن ساز" چھُ غزلن ہُنٛد مجموعہ۔ یِمہٕ ۱۹۶۵ء پیٹھہٕ ۱۹۷۸ء یَس تام لیکھنہٕ چھےٚ آمژٕ۔ یہ کتھ چھےٚ صاف زِ پُشپ صاب چھُ شعر سیٹھاہ کم آسی متۍ وَنان۔ ساہتیہ اکادمی ہِندِس گوڈنکِس شعری اِنتخابس یُمیکُ ایڈیٹر پروفیسر محی الدین حاجنی اوس، منز چھُ پرتھوی ناتھ پُشپ سٕنزِ شاعرن منز شامِل تہنزِ شاعری ہٕنز موٚلاکھون بروٗنہہ کُن اَکِس وکھرِ بابس منز کرنہٕ۔ اُسلوٗب یا اندازِ بیان چھُ شخصیتٕ ہُنٛد آینہٕ یُس شاعری کیوٚنتری تخلیقاتن منز پُشپ صابُن انہار وکھرِ وکھرِ آکارن ہِندِس صوٗرتس منز ہاوان چھُ۔ ریاستی کلچرل اکادمی ہٕنزِ کأشرِ تہٕ گوجری ڈِکشنری بورڈکۍ ممبر آسنہٕ علاوٕ کأشر انسائیکلو پیڈیاکین دوٚن جلدن سیتی صلاحکار ہِندِ حیثیتہٕ تہنز وابستگی



ہِند حوالہٕ تٔمی سُنٛد دیُت چھُ یِزی پھرُن لایق۔ ساہتیہ اکادمی ہِند ہِندوستانٕکۍ ادبی اِنسائیکلو پیڈیا باپتھ تہٕ چھِ تٔمی واریاہ نوشتہٕ لیکھی متۍ۔

لیکھُن پرُن اوس پُشپ صابنہِ زندگی ہُنٛد اہم ترین مقصد یتھ پٔچھ ہٕندی آبیاری سُہ ہر ہمیشہ تہٕ ہر رنگ کران روٗد۔ تٔمی چھُ ٹیگور ہِندِ حصہٕ ژنگی، رابندر ناتھ ٹیگور نہِ ناولہِ "چوکھیر بالی" کأشر ترجمہٕ کوٚرمُت۔

مرزا غلام حسن بیگ عارف صابن سیتی ژلیتھ چھُن "آئینِ ہند" کأشرس منز پھیرمُت یہ چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ چھپیومُت۔ سمترانندن پنت نہِ تہٕندی کلامکُ کأشر روٗپ چھُن "ویوٗز" ناوی باپتھ پروفیسر جے لال کول، غلام نبی خیال صابس سیتی ژلیتھ تیار کوٚرمُت۔ کلچرل اکادمی باپتھ چھُن عبدالاحد آزادٕ سٕنزن نظمن اُردوٗ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ کازمِک ایکسپلوژن COSMIK EXPLOSION چھُن کأشرس منز ساہتیہ اکادمی باپتھ پھیرمُت۔ ساہتیہ اکادمی خاطرِ غلام نبی گوہر سٕنز کأشر ناول "پٔن تہٕ پاپ" چھُن ساہتیہ اکادمی باپتھ ہِندی زبانِ منز پھیرمُت۔ اَکِس ہندوستانٕکۍ ثقافتی وفدس سیتی چھُن واریاہن یوٗرپی ملکن ہُنٛد دورٕ کوٚرمُت۔

کأشرِ یُک گیوٚو آسی تھےٚ پُشپ صاب اوس ریاستس منز ہندی زبانِ ہُنٛد تہٕ اکھ کلیدی پرچارک، ادیب تہٕ تہٕ نقاد تہٕ۔ ۱۹۵۶ء کٔرِ یُت آو حکومتِ ہندکہِ طرفہٕ لسانی کمِشن بناونہٕ یُمیکُ پُشپ صاب تہِ ممبر اوس۔ باقی ویٚدۍ ناوآسی بی۔ جی۔ کھیر چیرمین ایس۔ کے چٹرجی، بال کرشن شرما، نوینہ رامدھاری سنگھ دِنکر تہٕ ڈاکٹر ہزاری پرشاد ویدی بیترِ ارکان۔ پُشپ صابنِس صدارتس منز آیہ ۱۹۶۲ء کیُت شہر سرینگرس منز گوڈنِچ آل انڈیا اورینٹل کانفرنس منعقد کرنہٕ۔ ۱۹۵۹ء

کیُٔت چھِن مشہوٗر بوٗدھان سماجی لیڈر ونوبا باوے سٕنٛز گیتا پرِیاچن کاشُرِس مَنٛز پھیرمٕژ۔ تِہنٛزِ سوانح ونوبا باوے تہٕ سرٛوٗدے (۱۹۵۹ء) چھِن کاشرِ پاٹھی لیچھمٕژ۔ پُشپ صابَنِن ہندی زبانٔی تہٕ ادبکہِ پوچھر باپتھ کرمژن تھیکنہٕ لایق کامن ہندِ خاطرٕ چھ تِس نوٚمن رضاکار ہندی تنظیمن ہندِ طرفہٕ اعزاز دِنہٕ آمٕتۍ۔

۱) جے، کے، کلچرل فورم :- ۱۹۷۳ء

۲) ہندی ساہتیہ سمیلن ناگپور :- ۱۹۷۵ء

۳) ہندی رائٹرس یونین کیرالا

۴) ہندی رائٹرس یوٗنین یو۔ پی

(۵) ہندی سنٛستھا لکھنو۔ اُتر پردیش

کٔشیر، کاشرِ زبانٔی تہٕ ادبس مُتعلق پُشپ صابنِن لیکھمٕتین مقالن ہٕنٛز تفصیل یِتھ بٔہِ ہُن تہٕ ہُر رہیکہِ سِدتھ چھنہٕ تامتھ یِتھ کنہِ۔

۱) کشمیری لٹریچر کنٹمپوریری انڈین لٹریچر :- ص ۳۲ - ۱۲۲
مطبوٗعہ ساہتیہ اکادمی نئی دہلی :- ۵۹ - ۱۹۵۷ء

۲) کشمیر ریسرچ باے اَنوٗل :- مطبوٗعہ محکمہٕ ریسرچ، آرکایوز، لایبریریز تہٕ میوٗزیمز حکومت جموں و کشمیر۔ سرینگر
نگران تہٕ ایڈیٹر :- پی - این - پُشپ
اَتھ رِسالس اٗس کشمیرِ تٲریخ، کاشرِ ثقافتِچ تہٕ یتہٕ تخلیق سپدیمتہٕ سنسکرت، فارسی، اُردوٗ تہٕ کاشرِ ادبُچ تحقیقی کام مَنٛزٕ۔

۳) کاشرِ زبانٔی زان :- صفحہٕ ۲۱ - ۶ :- سون ادب ۱۹۷۶ء



۴:- ہندی کیسے سیکھیں :- اُردوٗ، ہندی :- صفحات :- ۳۷

۵:- کٔشیرِ ہندی سِکہٕ :- ۶۴-۵۶ :- سون ادب ۱۹۷۷ء، کٔشیر

۶:- ریشیت کا تواریخی پس منظر :- ۱۹-۷ :- ریشیات :- ۱۹۷۸ء

۷:- کلامِ شیخ العالم کی لِسانی اہمیت :- ۷۰-۶۰ :- شمس العارفین ۱۹۷۸ء

۸:- نُندرِیشُن زمانہ :- جوزراجنہٕ وقتہٕ :- ۵۶-۵۲ :- انہار ۱۹۷۸ء

۹:- وٚچن (کنڑ زبانٔی ہند واکھ) ۳۳-۲۰ شیرازہٕ :- وٚری ۱۷ :- گرند :- ۶

۱۰:- سائنسی تکنیکی، اِنسانیاتی علمہٕ کِتابہٕ :- ۱۷ :- شیرازہٕ :- گرند ۱۶ شُمارٕ ۱

۱۱:- شیخہٕ شرکُن ہُند موٗلہٕ انہار :- سون ادب ۱۹۷۹ء :- ۹۷ - ۸۳

۱۲:- کاشرِ شاعری ہُند گوڈٕ کال :- باناسُر کتھا :- ۱۸-۷ :- تحقیقی رسالہٕ اَنہار ۱۹۷۹ء

۱۳:- موجوٗدٕ تعلیمی پالیسی تہٕ کاشرِ زبان :- ۲۰-۱۰ :- وسِتھ آگُر ۱۹۸۴ء

۱۴:- کاشرِ زبانٔی ہند کانسونٹی نظام :- ۱۸-۱ :- انہار ۱۹۸۵ء

۱۵:- REFLECTION ON LOVE (لولہٕ وِچار ۹۷-۹۱) تبصرٕ :- انڈین لٹریچر ۱۱۵ :-

۱۶:- کاشرِ لکہٕ ادبچ وٚنیُج ذاتھ :- ۲۶-۱۴ :- انہار :- ۱۹۸۶ء

۱۷:- غزل :- نظم :- ۷۶-۱۷۵ :- سون ادب ۹۲-۱۹۹۱ء

۱۸:- کاشر ادب وُتھرنَس تہٕ امکان ۱۷-۱۳ :- وسِتھ آگُر ۱۹۸۹ء

۱۹:- کھوٗٹ :- ۸۸-۷۵ :- شیرازہٕ :- جِلد ۲۹ - شُمارٕ ۲

۲۰:- بھارت ... تہٕ ہندو ویدا کھ :- کاشرِ شاعری ۱۹۶۰ :- ص :- ۴-۲۳ - محی الدین حاجنی

۲۱:- پدیا نجلی :- کٔشیرِ مَنٛز ہندی شاعری :- ۱۹۶۰ء

۲۲:- گدیا نجلی :- کٔشیرِ مَنٛز ہندی نثر :- ۱۹۶۰ء

یِمہٕ دوٚشوٚسے کتابہٕ تہٕ چھےٚ کلچرل اکادمی چھاپمٕژ۔

۱۲۳۔ مہجوٗرٕ اُردوٗ ترجمہٕ :۔ ۱۹۶۰ کلچرل اکادمی

۱۲۴۔ کٲشرِ ادبُک کِتابیات :۔ غلام نبی خیال صٲبس سٟتۍ ۔ ۱۹۶۰ مطبوعہ کلچرل اکادمی

وزِتہٕ گرٗ۔ شاعری : کٲشر / ہندی لِپی منٛز ۔ غیر مطبوعہ

۱۲۶۔ شاردا اسکرپٹ :۔ غیر مطبوعہ

۱۲۷۔ اُردوٗ سیکھیں ۔ ہندی تہٕ سٟتۍ :۔ غیر مطبوعہ

۱۲۸۔ گیانہٕ پرکاش :۔ پرمانند ( کٲشرِ پاٹھ ) غیر مطبوعہ

۱۲۹۔ ہندی نظمہٕ :۔ غیر مطبوعہ

۱۳۰۔ کٲشر لسانیات :۔ غیر مطبوعہ سنسکرت

۱۳۱۔ غالب شتکم :۔ غالبنہٕ اکہٕ ہتہٕ شعرُک سنسکرت ترجمہٕ ۔ غیر مطبوعہ

۱۳۲۔ منظوم سنسکرت ترجمہٕ :۔ ہتھ لل واکھ :۔ غیر مطبوعہ

۱۳۳۔ نوائے نور :۔ اَکھ ہتھ شُرک :۔ اُردوٗ ترجمہٕ :۔ غیر مطبوعہ

۱۳۴۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھہٕ تمہِ سٕندۍ لیکھ وُہہِ مَنٛز انگریزی، ہندی تہٕ کٲشری پاٹھیم وٕنہٕ چھپےٚ چھہٕ ۔ یِمَن ہُند تعداد ہیکہٕ ہٮ۪رِتھ تہٕ ۔ ضروٗرت چھےٚ یِمہٕ کیتھ ہٮ۪رِیم سٲری لیکھ یِن الگ الگ ترتیب دِتھ چھاپ کرنہٕ ۔

پیر حسن شاہ کھوٚیہامی سٕندِ فارسی تواریخُک ژوٗرِم جلد چھُن ایڈٹ کوٗرمُت ۔ دیا رام خوشدِلُن سُند مسودٕ ترانہ سروٗر یُس مخطوٗطہٕ کِس صوٗرتس منٛز اوس کوٗرُن ایڈٹ کٔرِتھ چھاپ ۔ یہٕ چھےٚ موسیقی پیٹھ اکھ اہم تہٕ بنیادی کتاب مانٛنہٕ یِوان ۔ کلام شاہ صادق قلندر تہٕ کوٗرُن محکمکہِ طرفہٕ چھاپ ۔ یہِ تہٕ چھُ فارسی پاٹھۍ ۔



یُزَر ہے بوزو ریسرچ تہٕ لایبریری ہُند مخطوطن ہُند گنجینہٕ بنیوو گوڈٕ اُہنزی سربراہی منٛز باگہٕ بوٚرمُت تہٕ تہٕ معنہٕ سوو تہٕ ۔

ریسرچ لایبریری چھےٚ ۱۹۴۸، پیٹھٕ یورکُن ژراہ وُری گُزرِتھ تہٕ اور واور ییٚنۍ حضرت بلہٕ کشمیر یونیورسٹی ہندِس اُکِس اَنہٕ گٹہٕ کھوٚتس منٛز تھونہٕ آمُژ ۔ ضروٗرت چھےٚ یِمہٕ کیتھ ہٮ۪زِ یہِ زمانکہِ تقاضو مُطابق نوینہٕ طرزِچ بناونہٕ ۔

# پُشپ شاعری موالکون

پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ آسہے اکتر بہ وُہرٕ یلہِ نوین بھارتی
عدم تشدُدک بانی موہن داس کرمچند گاندھی ۳۱ جنوری ۱۹۴۸ء نتھو رام
گوڈسے ہَن گوٗلہِ لایتھ مارِ کوٚر۔ وُنہِ اوس بھارت فرقہ وارانہ فسادَن ہنز موتہ
زٕنجہِ نتہِ سنٛدارنے زٕ قومی سوٚترس پیٹھ آس سہٕ ٹاس زِیندٲرِ تھہ تہٕ سندوُرن
ہٕ۔ پُشپ صٲب اوس برصغیرِ چہِ تحریک آزادی ہِندِ واسطہٕ ریاست جموں و
کشمیرس منز جٲری تحریک ہُندِ چشم دید گواہ۔ کشیرِ منز تہٕ آسی تیزی سان حالات
بَدلان تہٕ اکتوبر ۱۹۴۷ءیَس منز اوٗس ڈوٗگر راز مہاراجہ ہری سنگھ کشیرِ ترٛاوِتھ
کیا ریاست جموں و کشمیر ترٛاوِتھ ژوٗلمُت تہٕ تمہٕ سندِ کُنہ راز کمایوٗراج کرن سنگھ
بنیوو لوچہِ واُنہِ منزٕ ریاستُک صدر۔ وُنہِ اوس ہِند پاک مُژکری ہِندین
چھوکن ہِناکرور بہانے زٕ گاندھی جی آو شہید کرنہٕ۔ بھارتس رووا اکھ شہل جہار
دار سایہ یُس مُتلق البرٹ آینسٹاین سُندوَن چھُ زِ ستہِ واتہِ وقت یلہِ لُکھ
یہ وَنن زِ یتھ اِنسان تہٕ اوسا یتھ بُترٲژ پیٹھ روزان۔ گاندھی جیس اَتھ مُلکس



منز ہولناک فرقہ وارانہ فساد ووتھنہٕ وِزِ کشیرِ منزٕ سے اکھ کاشہٕ زٕژ
آہژ لبنہٕ یکیاز یتہِ کیہو لوٗکو آسی مایہ ملہٕ ژارَس گوڈیران۔ پُشپ صٲب
کیتھ تہٕ کوٚرو روز ہیے خاموش۔ تمہٕ وِژ یِنین چھوکن یتھ کنیٖ ہیکہٕ زلوٚو

گرژھان یِتھِم ژٕس فولٲدی جگرس تہٕ ژالہ کوٚتاہ قرار میانے
ژوٗلکھ ژٕ پانس روٗلکھ جہانس توٚگے نہٕ کینہہ چارٕ چارٕ میانے
غموٚ تہٕ فِکرو ووکھو تہٕ داد لو بہ ژاپہِ ژیلہِ غلام آسہٕ
گُدٕ ٹم ووشیٖ ژِہی بٕرِم گُدٕ ڑِ دوہ، وُچھان ژٕ یے کُن ستارٕ میانے
ژٕ یے سینہٕ دوٗر تھ کمَن بلایَن ہٕ رقیب روٗدکھ کمن قلاین
بے وایہ جوٗکھتم منے پایہ کوٗرتھم، طنابہ ژٕ جیتھم سہارٕ میانے
منے آش آسِم ژٕ وارٕ پایٹھن منے واش کڈہم منے کاش آنہٕ ہم
یہ وارٕ پھولہِ ہاگیم منے دُدوَن دُبارٕ یِکھنا بہارٕ میانے
سینٕ زٕ یزٕ ہیتھ دِلکُ شوٗ فرٕ ہیتھ ژکُن بجرٕ ہیتھ جکھان روٗدکھ
تعصبن ہِند کھوچرٕ ژٕ یے کو سُتھ دِلن کرورَن جہارٕ میانے
ژٕ یے یوٗزناوِتھ دوہ ہتے اَہنسا علاج چھوٗسارِنے کھٕرن ہُند"
شہیدِ سنٛد کھ ژٕ پانہٕ یزِ کس جہادِ ہیسے منزاما رٕ میانے
ژٕ یے سوٗزٕ سنٛدِ سے شہید بدنس یہ سو رمہ لاگہٕ ناسہٕ چشمن
ژھوٗٹتھ ژوٗپٲری ژٕ یے نوٗر یِزٕ رُک بہ طوٗرِ سینٕ زٕس وقارٕ میانے
قرارٕ میانے، بتارٕ میانے، سہارٕ میانے، بہارٕ میانے
قرارٕ میانے، ستارٕ میانے، سہارٕ میانے، بہارٕ میانے

بھارت ماتا یہٕ ہُنز زیُوٗم وِدٲکھ چھےٚ پُشپ صابن سیٹھے کامیابی سان، فنکارٲنہٕ تجربہٕ زِنگ پیش کٔری متہٕ. بحر چھےٚ غزلہٕ ہُنز یوسہٕ مہجورن تہٕ عارفن تہٕ ورتاومٕژ چھےٚ ع

ملالہٕ ترٲوِتھ تہٕ سالہٕ پکھنا یہ پیالہٕ مہ کی برے ہالالو

یِژھ کامیاب مرثی سوٗتہٕ موزوٗن تہٕ مکمل پابندی سان چھےٚ ہاوِتھ دِوان زِ پُشپ صاحب اوس شعری تخلیقی جوہر تورے ہیتھ آمُت. یہ چھُ پَزر زِ واری واتھ چھُ وارِیاہ بوٗڈیمہٕ کِنہٕ پُشپ صابنس تخلیقہٕ سازس تہٕ ضرب لوٚگ تہٕ اَکھ زیرِ مرثی ہینہٕ تھٔنہٕ. یِژھ پابند تہٕ مارٕی منز مرثی ہیٚکہٕ سُے لیکھِتھ یُس شاعر آسہٕ. پُشپ چھُ جذبات قوٗبوٗہس منز تھوٚنہٕ کِنہٕ کامیاب روٗدمُت. تمہِ چھُ مبالغن سیٹھا کم کامیٚشر مٕژ. الفاظن ہُند انتخاب چھُ برمحل یِنہٕ لوٚ یہ وٕنٕی ہیٚتھ. اندازِ بیان چھُ رَواں تہٕ دوٚکھ بوٗرُت کُنہٕ شعرس منز چھُنہٕ پیرن دوٗل کانہہ سُقم محسوٗس کران. یہ چھےٚ اَتھ موضوٗعس پیٹھ اَز تام ساری کھوتہٕ کامیاب تہٕ موزوٗن نظم، یوسہٕ پُشپ صابن ۲۱، جنوری ۱۹۴۸ ہیچھمٕژ. یہ چھُس راوان زِ پُشپ جیٚن کیاز تھوٚو نہٕ یِژھ ہیٚس مشق سخن جٲری. اگر تمہِ تہٕ کوٚرمُت آسہٕ تمہِ آسہٕ شاعر سند حٲثیتہٕ ہنٛد مقام حاصل کوٚرمُت. اَز تام کہٕ تحقیقہٕ تلہٕ چھےٚ یہ اَتھ موضوٗعس پیٹھ ساری کھوتہٕ برٲنی تہٕ ہمکال نظم. میٚنہٕ چھُنہٕ زانہہ تہٕ پُشپ صاحب کُنہٕ مشاعرس منز شاعر سندِ حیثیتہٕ شرکت کران وُچھمُت تہٕ چھُم زانہہ ریڈیو پیٹھہٕ زاہ ہیتھ کِنہٕ تمہِ سُند کلام بوٗزمُت. باسان چھُ زِ سُہ اوس اَتھ منز زیادٕ حیا وٕرٛتان بوٗد نتہٕ چھا مُشاعرن منز سوٗرے کلام معیاری



آسان. سیمنارن منز اوس پُشپ صاحب کھور ٹھیکہٕ رٲوِتھ پیش کران. مشاعرن منز شرکت کرنٕی کُس پاپ اوس. نتہٕ چھُ بیاکھ بوٗڈ وجہ منصبی آور یِتہٕ تار گژھنہٕ پتہٕ زیادٕ تر تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ لیکھنی بیتر تہٕ ۱۹۶۹ء پتہٕ گٔیی تر آوِتھ آورِ واورِ گژھن. پُشپ ہیٚکہٕ ہے ضروٗر شاعری ہُند کلاسیکی آہنگ پننہٕ شاعری ہند ذریعہ نیچھ ناوِتھ. چونکہ تہٕ کینژھا چھُنہٕ سیدمُت یمہٕ کِنہٕ اَسہِ چھُتھ پھر آیتھ پُشپ صابنس کاشرِ چھاپہٕ کرِ تھ شعری مجموٗعن" لگہٕ ہارژیہہ ۱۹۷۸ء، سنہٕ وُن ساز ۱۹۷۸ء تہٕ باقی چھپیمتس کلامس تام ہُنزِ تنقیدی سام محدوٗد تھونس پیٹھ چھِ واتان. ہندی لِپی کنز کاشُر سماچار، ناوی رِسالس منز یُس کاشرِ بنٛن ہُنز کاشرِ سمتی چھےٚ کڈان تہٕ چھُ تمہِ سُند کینہہ کلام چھاپ سیٚدمُت. پُشپ اوس نہٕ پننٛ کلام کاشرن رِسالن تہٕ انتخابن منز چھاپنہٕ باپتھ سوزان. یہ بنیوس ۱۹۹۴ء کیٚت ایڈیٹر کشمیری باقی ادیبن شاعرن سیٚتی کٔرمتس تس تہٕ گذارش قلمی تعاونہٕ باپتھ. ذاتی چیٹھہِ تہٕ سوزمس. تمہِ سوٗزی وٕژھہِ وٲنی جِہٕ جوابن پننہٕ تخلیقہٕ تہٕ یمہٕ پتہٕ کھوٚٹ عنوانس تحت شیرازہٕ۔ جلد ۲۹، شمارہٕ ۱، ہس منز چھپیہٕ. نظمہٕ چھےٚ اَز، بٹھی باگے، آدن باجا، تہٕ کٹھ گوٗش، یمن نظمن منز چھُ ۱۹۸۹ء پتہٕ کُن کشیرِ ہنٛد راوٕن تیوٗل، تیلن تہٕ ماجہ کشیرِ نشہٕ ژھینہٕ گژھنچ تہٕ زاجاے راوٕنچ وٕگ پرٛیدان. تس چھُ وینہِ سیٚتی وابستہٕ تہذیبی شناخت چھلہٕ ژگرِ گژھنُک احساس اَندرِ اَندری واتیٛچ کوٚران. سُہ چھُ وَنان سہ

اَما یہ کیا

زِواکھ کلسمتی
شُرکی چھِ ژھوکھِ پیمپی کتہِ تام
مندرتیِنتالک ازِ شستدر
ہےِ بنگہ ہےِ بنگہ ڈیکلجی پرِ یتھ
ہےِ اندری ہیُوتمُت ویتھ
وَنہِ کس ؟ (نظم "از مَنزِ)

وہتھ پھِنے پہِ سوِ پوز
ترشہ پہِ کینہہ
آدنہِ بکھ وتھ نلہِ ناگہِ نیرتھ
سِتی سرِ پاسِ متھ ہیتھ یڑھ
کرتامتھ لاریُو
ازِ چھُس بیہ
جاَرس ہیپھ آمُت
گوکیا
اَتھ وَتھ میلس ہیتہِ بیہ بایس
ٹبھٹی باگے زانہہ
اتھی کرِی زِیا؟
(ٹبھٹی باگے)
آدن باجا پوزُ سے وَنے نا



مَنزی مَنزی پیوہم ژہِس ژٔتس
ژیتہِ ما آسے
ماگچھِ ژھٹہِ گٹہِ تاپہِ ٹیُو کاہ ہیُو
ژتس پیواہنے
ہنگہ منگہ کُنہ وز
پوت کلہِ زِرژہیُو
آدن باجا!
میندی ماحوس
کوت تامتھ
روزو کھوتُرِتھ
وُنتم لگیا! سَتم لگیا! (آدن باجا)
کھٹ کوش، کھٹ کوش
ارِ وَر کھٹ کوش
زتنیا تھومژ مارژھر آوِتھ
ریدِ کھانش مَنز
ماجہ زپنے

یوس
پوہہ کھٹ کارس مَدو آلِتھ
وونہِ شھٹ نیارس نیہ نینگ آوِتھ

زِتنیا تھُومہٕ مارٕ زھر آوِتھ
بُتراژ سپنَس !
اَنہٕ گوٚٹ اَنہٕ گوٚٹ
منٛدنین اَنہٕ گوٚٹ
گاشہٕ زٕژرا ما گاٹہٕ روٗزِتھ
گٹہٕ زَو آسِتھ تہٕ زِ
یوس سمیَس
نِکہٕ نِکہٕ ترسی دِتھ
ہنہٕ ہنہٕ اَنہٕ گاشُر

مَنہٕ ناوِتھ دکھٹہٕ کوٚش ؛
ظاہر چُھ آواز چھےٚ سوٚزٕ تہٕ شایستہٕ تہٕ کیاز پُشپ چُھ زانان زٕ تھزرٕ
چھنہٕ گرز ہٕ وٕنی زٕنہٕ آرکی پاٹھٕ روز ہٕ وٕنی۔ اَتھی ہیکو اَسی شعری آہنگ سیوٚد
سادٕ انداز وٕنِتھ ٹیمیکُ اوپ ژوپ تَس لوکچارِ سنسکرت کلاسیکی شاعری
پَرنہٕ ستی گوٚمُت اوس۔

اَتھی ستی ستی چھےٚ یہٕ پُشپ صابنہٕ زٕ غزلہٕ سون ادب ۹۳-۱۹۹۱ء
منٛز یُس ۱۹۹۷ء کیُت ترتیب دِتھ شایع سپُد یمن منٛزٕ تہٕ چُھ بے ناو تہٕ بے
انت ٹسٛرن ڈلی ژٕنکُ ارمان پروٚکھٕٹ۔ بحر چھےٚ زھوچہ۔ خیال ہم کال
حاوی خیال مگر اندازِ بیان چُھ پُشپ سُندو کھرٕ ینٛز ساد، شُستہ تہٕ مُروجہ
روایتی زبانٕ منٛز۔ سہٕ چُھ زندگی اَکھ مُسلسل تبدیلی مانِتھ وٕنان ؎



سیمیکہٕ وَتہٕ پٕدی یُمہٕ بدِ گُڈی
نِوٕ زٕتہٕ پکنٕس تَس کیا گال
وولہٕ چُھ بورا پَتھ کالکُ
ڈوکھ چھےٚ ژامُت کلہٕ پیٹھ وال
سُتہٕ چُھ ژھان محبوبہٕ ہنز و نظرَ وٕڈٕ بڑتھ مَس چوٚن تہٕ تَس بے
حال سپدِتھ اَمہٕ باپَتھ زاری کران مگر اَتی چھَس بدگمانی برادان زٕ معشوقہٕ
سُند وُکھٕ کُمجاریا مُرٕ ژھجار تہٕ ماچھ برہِ ہےٚ ؎
اَچھ تُلتھ سپدُس بے حال
پیالا بَرتھ تالا تال !
وُٹھہٕ کُمجارَن ویگلووُس
پھرٕ پھرٕ پوٚزیتہٕ ماکاہہٕ چال
پُشپ صاب چُھ بیہٕ اَکِس غزلَس منٛز وَنان "اَسی لوٚسی ٹسٛر کرٕی
کرٕی مگر اَسہٕ پلے نہٕ آسمانَس نرٕ تہٕ نہٕ زمینَس زنگہٕ۔ اَسہٕ پیٚو اَچھر والوَ تہٕ
اَتھ ٹارِ ہو ستی وانٛسن ہُندا اَنہٕ گوٚٹ سارُن تہٕ تہٕ ہارُن تہٕ۔ اَسی روٗدی
سیکہٕ لین سریہٕ زٕژھرٕ ییٚ کامہٕ کرِتھ مَنہٕ سٕر وٕچار کران ؎
پراراں، پراراں، پراراں روٗدی
اَسمانَن اَنتھ داراں روٗدی
وانٛسنَ ہُندَوسہٕ اَسہٕ اَنہٕ گوٚٹ
ٹارِ ہو ٹارِ ہو ساراں روٗدی

گوٚژھ نارٲسی گرٛژھُن مَنٛز سر
سیٚکِس اُسی سریہ تاران رُوٗدی

پُشپ چھُ زندگی ہندی ساری سماجی، سیاسی، مذہبی تہٕ تمدنی پرٛزرٛ ژیتران۔ تسَ تہٕ چھ تِم ساری زہر گرٛدٕ کھ نینٛگلاوٕنی ییٚمۍ تِم تقریبن ساریٚنی عیسأوی اِنسانن گیگہٕ بوٗن والیٚن چھ پیوان۔ تسَ تہٕ چھُ زندگی کرٕ لوٗ ٹھرٕ تہٕ زٕلوٗ ٹھ سفر گاہے لولہٕ مَتہٕ لاے کران تہٕ گاہے موٗتہٕ ژٕنڈ لایان باسان۔ تسَ تہٕ چھ تِم ساری برہم تیٚتھے کیٚنہٕ پھُٹٕ مَتہٕ ییٚتھ کیٚنہٕ یِمہٕ صدی ہندِس شیٚنۍ مِس وٕہِس کأشرین شاعرن تہٕ ادیبن (صوٗفی شاعروَ ورأے) پھُٹ۔ ییٚتھی ہوی تجربہٕ چھُ پُشپ صأبس کیٚنہہ ذاتی تہٕ کیٚنہہ اِجتمأعی۔ اَمہٕ باوجوٗد چھُ زندگی ہُند بے پناہ لول تسَ پھری پھری بانس کُن لمان تہٕ سُہ چھ بدلوٕنہٕ زندگی ہُند نغمہٕ خوان بنان۔ مکالمکُ عُنصُر چھُ تہنٛز شاعری منٛز موجوٗد یُس تِمس لامحالہ ڈرامائی عُنصُرس سیٚتی اَتھ واس چھُ کرناوان۔ سُہ چھُنہٕ بے جا تہٕ دوٗر از کار تشبیہہ، اِستعارٕ تہٕ لفظی ترکیبہٕ گرِتھ شعر تجربہٕ باوان۔ سُہ چھُ وٕنٛد باوتھ کرن، کوٗکہٕ ورتاوٕ زبانٕی تہٕ محاورس قریب، یِمہٕ سیٚتی تمیُٚ سُند باوژ بل ہُران چھُ۔ ییٚمَن نظمن تمیُٚ عنوان دِتھ نظمہٕ چھُ ناو کوٗرتھ ہیکَن بے وایہ پأٹھی غزل مانٕنہٕ ییٚتھ تہٕ غزل کاچہٕ تحت ییٚتھ۔ یِمہٕ پِتھے سارِنۍ جان غزلہٕ تہٕ کیٚنہہ شعر چھ لاجواب تہٕ برجستہٕ ؎

مأصُم رُوانہٕ گٹہٕ کتھہٕ ییوٕ
ژھلہٕ اکہٕ اوٚبرٕ دیوٕن نیٚنٛگلیو
موکل موتیکۍ اَسیا کم



دُشمن اَدٕ کوٚسنہٕ برہم
دَم پھُٹ کوٚت تامتھ ہمدم
پوٗز پرٕ یوٚت تام دَزٕ عالم
پان پھیوٗر اسٕدرٕک ژٕ چھُکھ
ٹھاکھ پانس کرٕی زِ کیا
زأنٛتھ نا پرزٕ ناوا سنیے
اُچھ پھیوٗر تیتۍ اُچھ پھُیر کوٗتا
وِزٕ وِزٕ ترُس دِتھ عیس روٗپ چھتھم
چانہٕ لیاقُت مولہٕ وُن چھا
کرٕی تن کأتراہ شش ژھلہٕ گرٕی
لأل پھٹے مجلوٕنہٕ نی چھیے نا
بَتہٕ ویٚپے درامُت سَن دِتھ
پَتہٕ روٗندَس سُے ہوشاہوش
زَچہٕ ہُند میٚنچہ ہُند زریَس نفرٕس
تَس کیٚژُت دُنیا گرٕکہٕ وٕنی کرایا
کتھہٕ کارَس چھا زیادٕ وُہر
وَژھہٕ وأنی جبہٕ سونتس پرارَو
دٕری کرٕی کرٕی وٕزاہٕر وِ گنے
وجدَس آہٕر مُشکنٕی دارٕ

نۆہرٕ لۆگ جنوٗنَس
ہَژرٕ پرانہٕ وارَن
یَنہٕ اَتھہٕ برێنٛ اَنِتھ
بارہٕ وے کیا چھہٕ دِنی
لب وُسِتھ آیہ تیَ
ڈالہٕ کُس کَتھ کرٕنی

یمَو نظم نُماغزلو منٛز یِم شعر ژارہٕ چھہٕ آمتی تِمَن ہندی کِتابہِ منٛز درج عنوان چھہٕ رِمہٕ، ماتُمُ رَو، نوٚوٕ غم، چھوٕرتہٕ کوٚچھُکھ، سَتہٕ زُنگنیا، ترُس، زِتنیا، چھِنٛ نٛز نظرا، ہوشا ہوش، گدُرن، زِندگی، زِندٕ روزن پھاکِنٛد باتشا، دزہٕ بُزٕ ہساٗدٕ روار، مَنہٕ کامَن تہٕ زۆوزٕ تنی۔

اَمہٕ پتہٕ چھےٚ شُراہ نظمہٕ یِمَن کُن روزان یمَو منٛزٕ اکھ ماٗری منٛزٕ تہٕ پابند نظم چھےٚ تہٕ باقے پنداہ آزاد نظمہٕ چھےٚ یِمَن ہُند آہنگ لوٗبہٕ وُن تہٕ ساٗنِس مزازَس وُیہٕ وُن چھُ۔ . . . تلمیح چھےٚ، وَنُت چھُ یا اُسطوٗرسارٕکے وَرتاو چھُ بَرمحل۔ زبانٕ ہُند وونٕدٕ باوُژ بایَتھ وَرتاو چھُنہٕ زبان سازی ہندی داخلی اصوٗل گال کھاتَس تراوان۔ لفظٕ وَرتاوٕ، لفظٕ گرٕ تہٕ لفظٕ ژاریہِ وِزِ چھُ تَس زبانہٕ پوچھرٕ وُچہٕ وَتہٕ تَس۔ . . .

نظرِ تلے روزان۔ کاشُر زباٗنی ہُنٛزن داخلی مزازٕ تراین پوٗرٕ پاٹھی واقف آسنہٕ کنی چھُ سُہ زخمَل، ہرٕدِل، سازِل، سوٗنتَل، سنیکیلاہ، ہزاہ، سُدراہ، دِلہٕ دُبرایاہ، تیراہ، پھمواراہ، نِلہٕ ناگاہ، وونٛدٕ ژٕنی، ماسہٕ نِٛتاہ، پوٗٹاہ، زرِیاہ،



زٕنبِرِ آراہ، اُہرٕ بلاہ، ووٕ لراہ، نوبوٗ گاہ، کھیلناہ، سونہٕ مرگاہ، وِرِ واراہ، شِنجا، وِگنہ بلا، ژھایل تاپُل، گنگا، وِیتھا، سِندا، چِناب، پَتھ کالاہ، خبطاہ، زوماہ، وُزنیاہ، اَرماناہ، منڈلان، کھٕانی، گگہٕ منٛزٕلاہ ذہنُک، سگہٕ جوے تہذیبِچ، زامَن موٗلہٕ، وجوٗدٕچ، خوسے تگنیارٕچ، ذاتُت، پانُت، فَردُت، کھٕلُن، مَتہٕ آبُک رٕڈٕ گرز، زہرِ ریر غضبُک، شُہہ گنڈٕ گنڈٕ، پایَم، دوٕ دِگگرٕ، لولہٕ چھوٗلہٕ، تہٕ یوٗتام پوٗزٕ یَنہٕ توٗتام عالم دزٕ بیترٕ ہوی گرٕ ہتی لفظ تہٕ وَنتی وَرتاوٕ تھ کاشُر زباٗنی ہندِ معتہٕ وُسہٕ جارٕکی پوٗشیدٕ امکان یَدٕ گڈٕ ہتی۔ یُتھ ہیٚو مُروجہ زباٗنی وَیہٕ وُن وَرتاو اختیار کرِتھ چھُ پُشپ صاب ژھوچرٕک باوُژ جوٗد شاعری ہندِ ذریعہ وَرتاونَس منٛز کامیاب سَپُدمُت۔ یِہے چھےٚ سو ٹھیک، نِہ یوسہٕ زبانٕی ہندین وَرتاوٕ اصوٗلَن وَیہٕ دِنی چھےٚ۔ اگر پُشپ صاب یَنہٕ شعری باوُژ بایَتھ یِتلہٕ پاٹھی یُتھ ہیٚوہ اُسلوٗب پانناوِہے کاشُر زبانٕی تہٕ اَوِس لگہٕ ہے وارِیاہ پوٚچھرٕ

یِیہ سَے گرٕ
دُدٕ وَتہٕ سبزارَن
یِیہ سَے لَہرٕ
سونتس زرزراوان
بیِل سَے تہٕ رٕژرٕ لولہٕ للہٕ نادان
پھٕرٕ سَے
تہٕ رٕتِس لرٕ پار کرَان

وَتہِ لۄگ تہٕ گُلبے گُل نۄوراوان

وَتہِ ڈۄل

تہٕ سۄیی سۄے وۄہ پداوان (ووہتھ وَنہِ)

ژھٕہین

یَزرا

گوڈٕ پیوو حیاتُک

گُگہٕ مَنزُلاہ ذِہنُک

دُزٕناگ جمالُک

ژھٕہین مِلہٕ وَن (ژھٕہین)

واآراگ پۄزُے

ہیہہ گومُت چھُے

پۄزویہہ کھینٕزِما

ٹُکہٕ مُتہ آبَس

زۄن

اَزکرِ کیا

پانُت سَرِکیا

ذاتُت ذرِکیا

فرُدت گرِکیا

تۄژھ چھا، بِتراچھا جوٗت چھا (ہیہہ)



## مےٚ لول بۄزِ مےٚ

دۄ یُتھ

زِحق پھُم

لحاظہٕ کۄرِ مےٚ

دۄ یُتہ زِ کھوژُم

مےٚ گاہ ژُم نم

ژیےٚ بوگ تورُم

ژیےٚ تۄتہِ دۄ تھم

حِساب ہاوُم

مےٚ بأگرأوِتھ کھیٚیوم بۄزتھ

دۄ یُتھ

زِآسُن گرٕ ژھیم مےٚ کُل ہُم

بَرایی میون ژُوتہِ

حاضِر

شرط اَما

رازٕ کتھ مےٚ زانُم (بورحیاتُک)

وزِ وزِ

وکہٕ وَکھ

ٹھولہٕ ٹھول

نِرِروٗٹ
کلہٕ ٹوٗسا، ووٚڈٕ کھوٗرا، ٹاسا
اَنِز رَز
ہُش مُش (ہُش مُش)

دریہِ بَدرِ ین
شُشر کَرِ مَرِ
تھنیہِ روشُن واتیا
وَن ساعہِ
تَنگُ بَنگُ پایا
اَڈلیوٗک تراوُن واتیا
وَن ساعہِ (جگرس زوٗل)

اَتہٕ گَتھ وَتہٕ گَتھ
دَوٕ دَوٕ یتہٕ وَتھ
سوران سوٚرُ ے
روزان ژُھر کتھ
زرِ ہا ہر کینہہ
زرِ ماموٗ کھٕ پڑِ تھ
نقرٕ ﺷس کرِ کیا
زیہِ کُس دیہِ لَتھ . . . (اِنظرےدِزِ ہے)



یہٕ کَتھ چھےٚ ستین لایق زِ پُشپ صٲبنہٕ اُسلوٗبُک اَکھ اَہم ین رنگ چھُ طنز تہٕ ظرافت یُس تِمہٕ سِنٛدِس وِباوُک تہٕ خوش خلقی ہُند اَکھ بُنیٛیہِ وُن انہاراوس۔ یہٕ کَتھ ہیکن پَرِن واَلۍ برونہہ کُن وررج تِمہٕ سِنٛدِ کلامکہِ انتخاب پَرتھ تہٕ سر کٕھر کٕرِ تھ ۔

نَپہٕ نَپہٕ مَنہٕ ہُم مُلہٕ مایَس
سوٚن کھوٚچہِ کھٔتس کھوٗژ یا

# شعرزار

- لگہٕ ہارٕژہہ
- باوَے نا !
- پۄز
- ژھنٛنٛ نظرا
- ژھین
- رٕہہٕ !
- ستہٕ زنگینیا
- نظرے ورٕزٕ ہے
- ہوشا ہوش !
- غزل
- اَز
- ٹھٹی باگے

# لگہٕ ہارٕژہہ

یَتھ کالاچھُ
یُتھ زن اوس
نٕہ زٕ
یُتھ آسُن ناسُن گوٚژھ
ہیٚکہٕ یہے تہٕ آسِتھ بَدَل پدٕون کینہہ
پۄز
ہیٚوک ما
اَوِ کنٕہ چھُ تہٕ ما
کٔرِ تو اَداَزاتھ پوٚت نظرا
نو وٕرِیکہٕ بٕڑ برٕ اژون ہیوٗ
دربینٛٹھ ہیوٗ

میراث

ژِہین ہُند
ہُمَن ژہین ہُند
یِم یِہ ژھوکن زاہ
ہُمَن ژہین ہُند
یِم وِزِ وِز برونہہ پکہ وٕنی روزن
صُبحہ پیٹھ صُبحن
پیٚتھن شامن

دوہ پَتہ دوہ ژھوہ مارٕنین
ہفتن ، ماسَن ، وٕرین ، صدین منز

یِم یِہ ژھوکن زانہہ
یِم یِہ ڈٕوکن زانہہ
وِزِ وِزِ یِم برونہہ پکہ وٕنی روزَن
اٚری دٕری روزَن

پوشہ وٕنین
نُندہ بأنی ژِہین ہنز آشہ
چھُنا أسی نوِرس توشان
یوت یٕہ وٕریُک اوٚر دوٚر نوٚو دوہ چھاوان باوان
اوٚر دوٚر نوٚو دوہ



یُس شٹھنیارَس چھوٚ دِتھ نیران
اوٚر دوٚر نوٚو دوہ
یُس لگہ ہار ژہس ژُوزیتہ دِتھ
وَژھِ وأنجہ اَکھواس کٔرِتھ
پانَس لرِ لوٚر
برونہہ پکناوان
برونہہ پکناوان !

(لگہ ہار ژیہہ :- دسمبر ۱۹۷۷ء)

وُزِنیا
جوشا
اَرمانا
زن
کھیلہٕ وُتھرن للہٕ وُن
ہو ہو ہو
رِگندہٕ باشہِ کَران سونتلہِ شبنم
مأحِم اَسُنا
شوُد ودہِ آمُت
وَژھِ وأنجہِ ہیکہٕ نیرِتھ
منڈلان
منڈلان بیٚیہِ ہَن
بیٚیہِ ہَن بیٚیہِ ہَن
بیٚیہِ ہَن بیٚیہِ ہَن

جنوری ۱۹۷۸ء لگہٕ ہاژریُہ

# باوَے نا

باوَے نا
نُندہٕ بون ژِیُہا
برٕنزِ اَکہٕ
یُس
کیاہتا مَتھ بَدلے
باسیٚو مُت چھُم!
اَن ویٚود
اَن وُچھ
اَن زون
ژیُہا!
خبطا زوما
تَہے نہ سأ نہ سأ

# پۆز

اَدٕ ساَتہٕ
تی
اَتھ کیاہ ٹھاَنی
ژٕ ےٚ چھکھ پٔزٕ رس
پۆز
میٚتہٕ دِتہٕ واتہٕ
تَتھ تھزٕ رس
یا تَتھ سَنٕزٕ رس

یا
تتھ تامتھ
یَتھ ناوٕ ژٕ پیٚے کوٗز مُت چھُتھ پٔزٕ را
یُتھ بہٕ تہٕ سرٕ ہا
تھزٕ کاَزٕ تھوٗتھ اَدٕ بیتہٕ وَنہٕ ہا

ہَے!
پۆزُ ہساَ!

# چھُنٕنۍ نظرا

خام طمع چھُنٕنۍ نظرا
سوٚ کھٕ موٚکھٕ نازس ٹارِ کھیا
جٔرۍ جٔرۍ وٚ وشہٕ واوَن اُش پھیٚرۍ
سنٛخ دِل وقتَس ڈاَلۍ نِزیا
کٔرۍ تَن کاَژٕ اہ ٹُٹرٕ ژھلہٕ گٔرۍ
لاَل چھے مجنوٗنہٕ نی چھےٚ نا
ویٚکھرٕ اراہ وُہتہٕ تگنیار کُر...
ہَٹہٕ کھش ہونگے ہٹِنۍ اما
نَیہٕ نَیہٕ مَنہٕ ہُم مُلہٕ مالیَس
سوٗلنا کہوٗچہٕ کھنس کھوٗژریا
یوٗنہٕ دیتگھ دروتا موٗلن
پُٹرن سگ دِنہٕ سرہیہٕ پھیریا
ڈُدوَنہٕ گلہٕ ٹوٗرا پھولہٕ وُن
کوٗچہٕ سیمچہٕ ماَصُم سوٗنتا

اپریل ۱۹۷۶ء

# ژھین

ژھین
پَزرا
وُگوڑ پوو حیاتُک
گگہٕ منزُلاژ ہنک
وُزناگ جمالُک
ژھین مِلہٕ وَن
ژھین
سگہٕ جعہ تہذیبیچ
نعوِ تہ تگنیارِچ
بوہ اِنسانۍ سماجِچ
زامَن موٗلہٕ وجودِچ
ژھین ننہٕ رَن !
ژھینہٕ روٗس ہینہٕ یُن



اَزلی قانٛزا
مجبوٗری
لاچاری
داسُت
ژھین چھُ اَرادِچ کھٔسرن
ژھینہٕ روٗس
وقتلیتھ ہیٚکہِ تیا
ذاتُت
پانُت
ژھین
پانہٕ نِشین
یَتہٕ ژھینہٕ نِشہِ ژھین
ژھینہٕ روٗس یِکہٕ زیابرونہہ
ژھین چھُ اَژھین

مارچ ۱۹۷۸ء

# رِمہٕ

پگہس براَرُن صبُحس تام
راتکُ گدرُن اَز آکھِ آم
اَتہٕ گھ پتہٕ وَکھ تم گڈی گڈی
وَتہٕ وَتہٕ وِزرِ وِز سئے ژھانجام
اَز نتہٕ اَز واتِم رِمہٕ چھم
شہَ گنڈ گنڈ رۄزِم کھُی تام
شوٕچہِ ڈبہِ پیچھ الغاے
کُس تامتھ پۆت ژھایہِ وُچھام
اَز لوَس خوے بوے بَدکے
ہوٗس میأنس ہیئہِ تیا سام
نکھ ڈکھہٕ رات دوہ راٗژ
وُہی گٹہٕ کارا مندہٕ ہن شام!

اپریل ۱۹۷۶ء



# ستہٕ رنگنیا

چھُیہِ اَندرِم سریہہ آنتہٕ چھُکھا
نتہٕ بلی ہاوُن باوُن کیا
نیبرِمہٕ ژرمہِ ساری ہمدم
اَندرِمہِ حُبہٕ کانہہ دردِل چھا
نکھہٕ نکھہٕ آسِتھ اَز ووپرے
دوٗرِ تہِ پنُنے اوس دوہا
زانِتھ نا پرزِ نادانے
اَچھ پھیرُے اَچھ پھیرُ کوتا
اوٗک ژنگی کر اوس پزر
آدمی فطرت ستہٕ رنگنیا
زوٗنہِ پژِرتھ آہم ہَن ہَن
بُتراٗژ پننہٕ نے واتکھ نا
تابع پژِتھ کینہہ رنگنیارس
کردارس تیا کینہہ قدرا

اگست ۱۹۶۶ء

# نظرٕے وزِ ہَے

اَتہٕ گیتھ دِتہٕ گیتھ
دَوٕ دَو پَتہٕ دَتھ
سوران سوٗرٕے
روزان ژھٔرکتھ

شیطان برونہہ برونہہ
اِنسان پَتھ پَتھ
یانٕس سَن پۆز
واتکھ کتھ کتھ

پچون شابَس یَتھ
موہلہٕ وُن کیا تَتھ
وقتس اَتھ دَتھ
یِنٕ چھا ٹھٹھٕ کَتھ

زرٕ ہا صبر کینہہ
زرٕ ما موکھٕ پٔرتھ
نفرتس کرِ کیا
زِیہٕ کُس دِیہٕ کَتھ



کھینہٕ وزِ اوٚر دوٚر
نیتہٕ سوتھ کھیتھ چَھتھ
ہیس ژٕتہٕ ہیس نیتھ
کٹھ چُھ سلامَتھ

میٚتہِ اَچھ ناٹا
اَز کوٕ باپَتھ
ژٕتہِ ما وَندٕ ھم
بۆرُ وانکُ رَتھ

ووندٕ چھُم للہٕ وُن
وعدس ہَتھ شَتھ
نظرٕے وزِ ہے
واَنجہِ چھَم دَتھ

جون/۱۹۷۸ء

# ہوشا ہوش!

وَندِ زَر کاسُن سونتَس روش
گرٛشِہ چہ ژٕنجہِ پَیتہٕ ہَرٕ وَس بوش
سمسارَس ہیٚنوٗر بوٗن آمُت
تدبیرَس پَینہٕ نَس مو روش
پورے نو یِچھ ذاتھاہ کانہہ
زُوٕ گوڈٕ پَینہٕ نَس پانَس پوش
زُوٕ آسُن پوزٕ گَینہٕ ناچھا
ہوشَس جوشا، جوشَس ہوش
کھیٚون یَس غم چیٚون خوٗنِ جِگر
تِھکھ زیا تُس زاہ روغن جوش
بُتھ گَرٕ ژنٛڈ مادِکھ اِنصافَس
چھو کَہ لَلہٕ زِہو روزیا خاموش

جون ۷۷ء

# غزل

وِزا اَز شہہ کھہٕ پَنٛژ وَسہٕ پَنٛژ
برانٛہہ کوس لسہٕ پَنٛژ بہٕ پَنٛژ
ٹوٗرِن شورٕ بٔرِتھ سمیٚیَن
باپتھے چھنہٕ تھوٗر پھولہٕ پَنٛژ
آسُن باسُن اَز اَپزُرے
چھلہٕ چھانگرِ گومُت سورُے
ڈٕنگہٕ میپرس بَس پیچھٕ وولی
ہا پیتھ ژٕنجہِ لوٗگ یُسے تہٕ سُے
مُہلَم پیچہِ ترُس دِتھ تَچھ تَچھ
زخمن مُتہٕ تُلتم کرٕوُے

شیرازٕ - ۲۹ مارچ / اپریل ۱۹۹۵ء
شمارٕ ۱ - ۲

# ہوشا ہوش!

وَندہٕ زر کاسُن سونتَس روش
گرٛشہِ ژٕنجہِ پیتہٕ ہرَوس بوش
سمسارَس ہیٚور بوٗن آمُت
تدبیرَس پیٚنہٕ نِس مو روش
پورے نو یچھ ذاتھاہ کانہہ
زُوہ گوڑٕ پیٚنہٕ نِس پانَس پوش
زُوہ آسُن پوٚز گینہٕ ناچھا
ہوشَس جوشا، جوشَس ہوش
کھیوٚن یَس غم چوٚن خوٗنِ جگر
تھیٚکی زیاتُی زاہ روغن جوش
بٹٕ گرٕنڈہٕ مادِکھ اِنصافَس
چھوکھ اللہ زیٖوہ روزیا خاموش

جون ۱۹۷۷ء

# غزل

وِزا ازشہہ کھیہٕ پٔنٕ وَسہٕ پٔنٕ
براندٕ تھے کوس لسہٕ پٔنٕ بہٕ پٔنٕ
ٹوٗرِن شورِ بَرِتھ سمیَن
باہٕ تھے چھنہٕ تھوٗمٕر پھولہٕ پٔنٕ
آسُن باسُن از اَیِزُسے
چھلہٕ چھانگرِ گومُت سوزُسے
ڈٕنگہٕ میپَرس بَس پیچھٕ وولی
ہا یَتھ ژٕنجہِ لوٗگ یسُے تہٕ سُے
مٕہلمَ بچہٕ ترُس دِتھ تُچھ تُچھ
زخمن مُتہٕ تُلتم کروُے

شیرازہ- ۲۹ مارچ/اپریل ۱۹۹۵ء
شمارہ ۱-۲

شاہِ ہمدانؒ صاحبٕ نارَس نَروتھ
سونچس پیٚمتۍ

متۍ کیاوٕنیوٚ مکھ تہٕ ہیم کراں کیا
ژٕدوَنہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ رتہٕ سر ہیہٕ تیلان
مخدومؒ صاب ژھوپہٕ کوٚت تامَتھ
حلِ مُشکل گوٚژھ
اٖچھ اَسہِ چھےٚ وَژھے

یوٚز
وُٹھ چھِ سُویتھ !

(شیرازہ- جلد ٢٩، مارچ / اپریل ١٩٩٥ء)

# اَز

اَمایہٕ کیا
اَز واکھ کلیمتۍ
شُرکۍ چھِ ژھوٚکھ پیٚمتۍ
کَتہٕ تامتھ
مندرٕ تنیالیکُ اَز ششدَر
ہَہے بُنگہٕ ہہے بُنگہٕ ڈیکجَل پَرَبتھ
ہیہٕ اٖندری ہیٚوتمُت وٚیتھ
وَنہِ کس ؟
ڈل اَرٕ وَرٕ کھسلہٕ کھسلہٕ وَگ للہٕ وان
زٕبہٕ وَنہٕ کینہٕ دَرِ پری محل
اَز دَم پھُٹ وَم پھُٹ
اوٚری یوٚزی اوٚخن صاحبس
ڈیکہٕ کیٚنہٕ گنزران

# بٹھی باگے

وینہ چھنہٕ سوٕ سے پوٗز
ترٛشہے نہٕ کینہہ
آدنہٕ بجھ دِتھ بلہٕ ناگہٕ نیپرتھ
ستی سپرچ سَتھ ہیتھ یژٕرھ
کرتامتھ لاریٖو
ویشیکی کابکی سٗنز تہٕ ووہ گنز سٗرِی سٗری

وہترِن نا
ویہ سمارکی

گاہ
ہوٚکھی ہوٚکھی سوٚتی سوٚتی ژٗوٗ ژٗمی تَے
اَرٕپہر کرٗی کرٗی لیمبہِ زد سینیٖو
گاہے
ترٕٹہٕ طوٗفانن تَن دِتھ



وولہٕ برشن ہُند ووجہرٕ ژأیتھ
ڈانجن آرَن کولہٕ رادَن ہُند
اَرٕورگژرٕون شر، شروٚیژاوِتھ
بیرٕوتہٕ بٹھو بیٹھی ژھَٹھ مأرِتھ
ہَنہِ ہَنہِ أندی پکھی
یژرتھ کینہہ کلہٕ وِتھ
مُتی آبس ستیٖن یپروأیتھ
گُٹی تام کھُٹھی یتھ
بیٖنہِ جبسہٕ پھپیرتھ
یے پھروٚک بروٗنہہ بروٗنہہ دَونہِ لیٖو
اَز چھُس بیٖنہِ جأرِس پیٹھ آمُت
گوکیا
اَتھ وَتھ میلِس بیٖنہِ بیٖنہِ پأنِس
بُٹھی باگے زانہہ
أتھی کرٗی زیا؟

شیرازہ۔ جلد ۲۹ مارچ/ اپریل ۱۹۹۵ء

# نثر زار

- کاشُر لکہ اَدبُچہِ وَنہِ ژ ذاتھ
- کاشِرِ زبانۍ ہُندکانونی نظام

# پُشپ: ادب: تحقیق: تنقید!

پُشپ صابس تہِ آسن تورَے تخلیقی جوہر عطا کٔرِمتۍ یم تِمۍ وۄستاد بٔنِتھ پننٕۍ شاگردو تعلیمہِ ہندِ کِہنہ سیٚتۍ بارٲوِنہٕ باپتھ کامہِ لاگۍ یِمہِ کِنۍ تِمۍ سُند زیادٕ تر وقت تِمۍ رٕژِ کامہِ کُن لوگ تہٕ پتہٕ آس تعلیمہِ ہندِس محکمس مَنز ریسرچ تہٕ پبلکیشن شعبہِ مَنٛزٕ تھوونہٕ تہٕ ٹیکسٹ بُک ایڈوایزری کمیٹی ہُند چیرمین تہِ رُود۔ ظاہر چھُ زِ یہ چھِنہٕ بڑٕ اہم تہٕ ذِمہٕ داری ہنٛز کام۔ پیٛٹھ اوس یی نہٕ پُشپ صابس زوٗنٛجھ والنُک عادت۔ پتہٕ ٹلہِ اسسٹنٹ ڈایرکٹر ریسرچ اینڈ پبلکیشن پیٛٹھ ڈایریکٹر ریسرچ لایبریریز آرکاوز تہٕ میوزیم بناونہٕ آو۔ گوٚو سُہ بییہ ہَن تہِ آورٕ یِتہِ تِمۍ ہندِ تحقیقُک موٗلہٕ مقصد کشمیریات اوس۔ یہ کینژھا یِمۍ کاشِری یا کانٛسہِ یوٗرپی مُستشرقن یا بیہِ کانٛسہِ صاحبِ ذوق کشمیر شناسَن لیوٗکھ تمیُک نیٚب رُود سُہ کِتابیا تکِس صورتَس منز۔ . . . . .

کشمیر ریسرچ بابے اَنوٗل، شش ماہی انگریزی رِسالَس اَندر باقاعدٕ

پأٹھۍ دِوان. منفعی آو ریرکنۍ آو تس شاید کمے وقت شاعری تہٕ ادب تخلیق کرنس کُن بلکہٕ پُشپ صاب چھُہ زیادٕ پہٕن کأشرِ ن ادبی حلقن منز شاعر پنندٕ ٹھٔٹیٚتہٕ بلکہ نقاد، محقق تہٕ زبان دانہٕ پنندِ ٹھٔٹیتے وِیوٗد. سخن فہم، ادب شناس، کشمیر شناس تہٕ زبان دان یا ماہر لسانیات پنندٕ ٹھٔٹیتہٕ رٔوز تمۍ سنز رائے ہمیشہ معتبر. سہٕ رٔود بے لاگ پأٹھۍ کأشر ادبچ تہٕ شاعری ہنز موٗلاکھوٗن ہندی. انگریزی، اُردوٗ تہٕ کأشرِ زبأنۍ منز کران. سہٕ رٔود وَیہ وِینہٕ تہٕ سائنسی اندازٕ پٔنٕز رائے پیش کران. پننس اَکس انگریزی مضموٗنس منز چھُ سہٕ کأشرِ زبأنۍ ہندِ ن مسلن یتھٕ کٔنۍ سام ہیوان.

"بہر حال کأشر چھُنہٕ اکہٕ مضموٗنہٕ زٕنٛگۍ پرائمری سبوٗترس پیٹھٕ سکوٗلن منز پرناونے یوان. امی تلہٕ چھُ ننان زِ صحافت کیازِ چھپیہ نہٕ کأشرس منز تہٕ نثرس تہٕ چھٕ اوَے کنۍ وُنہٕ پنٕنۍ ساکھ بیہناونے. یہ چھُنہٕ اوٕ موٗجوب زِ کأشرس منز کیا چھنہٕ کُنہٕ تخلیقی مہارژ کمی بلکہ یمہٕ کنۍ زِ کأشرس منز چھنہٕ چھپایہٕ ہنز سہولیتھ کُنہٕ تہٕ نہٕ چھس پرن وألۍ کُنہٕ تکیازِ تمن چھنہٕ امہٕ کہ ذریعہ روزگار کی امکانے ونیٹھۍ گژھان.

امہٕ پتہٕ تہٕ ہیکیا یتھ کتھِ منز کانہہ شک آسِتھ زِ کشیر ہنٛد رُح ہیکہٕ صرف کأشرس منزے یوت وٕپراونہٕ یتھ تہٕ آکِہِن لوٗکن ہنز زندگی ہیکہٕ اَتھی یوت منز عکساونہٕ یتھ."

یمہٕ صدی ہندس شیتٕمس دٔہلس منز کأشر معاصر ادبُک تہٕ شاعری ہُند جایزٕ ہیوان چھُ سہٕ وَنان "ساری نوٗ نبع یوسہٕ کأشر شاعری منز ووٚ نی



بارسس چھٕ یوان چھٕ علامتہٕ نگاری وونٕد باوُژ کنۍ وَرتاوٕنی یمہٕ کنۍ اَچھر وَردہٕ کہ ذریعہ باونہٕ چھُ کمے[۱] یوان تہٕ باونے چھُ واریاہ کیہنہٕ روزان. منز چھٕ شاعری محض ادبی کرتب بنان"

کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبہٕ کیٚن بنیادی مسلن چھُ بے لاگ پأٹھۍ تمہِ ساتہٕ سام ہیوان یلہٕ وُنہٕ سانہٕ شاعری تہٕ ادبُک خولہٕ خط وُنہٕ بنانے اوس تہٕ تنقیدی تہٕ اوس وُنہٕ کھوکھشی کران. حالانکہ پُشپ صاب چھُ موٗلہٕ تلہٕ ہندی یُک تہٕ سنسکرتُک کالج ووستاد روٗد مُت. مگر سہٕ اوس یتہٕ زانان زِ ماجہٕ زیوٚ یا زٕہیکہٕ وونٕد باوُژ ہنٛد بہترین وزریعہ آسِتھ تہٕ تعلیمہٕ ہُند تہٕ. یہے کتھ نظرِ تَل اَنِتھ آو سہٕ کأشرِس کُن تہٕ روٗد شاعری ستی ستی کأشرس منزے زیادٕ پہٕن تنقیدی تہٕ تحقیقی مقالہٕ لیکھان. پُشپ صأبنۍ مقالہ چھِ سیٚدِ بیٚلوٗد موضوعس پیٹھ. اَتہٕ نہٕ چھُ بیجازِ یکھر تہٕ نہٕ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کُے زیٹھِ زیٚوٕٹھ تمہید. یُڈ کتھ چھے یہ زِ تس چھے کُشیر ہندِس ثقافتس تہٕ توٗاریخس پیٹھ سٔنۍ نظر. تس چھُنہٕ کأنۍ ستی کأشرِ ن ادبی حلقن منز شُترت. نہٕ چھُس یہ خبط زِ یہ زانہٕ سوٗرُے تہٕ گوٗزٕ ھس انزس منزس پریتھ کُنہٕ روزُن. تس چھُ نہٕ دوٚستی یے زوم رٔچھن تہٕ نہٕ چھُس دُشمنتے مٔلۍ ہیٚون یا یتھ رٹُن. سہٕ چھُ سخن فہم تہٕ چھُ زگ تہٕ پرٛوٚن وَکھر وَکھر کٔڈِتھ دِوان. یہ چھُ یتہٕ اَسہٕ تام زأنۍ کیا تُلوٗ تہٕ تراوٚ. کیا وَیہ تہٕ کیا نہٕ وَیہ. تمۍ سنز کوٗشش چھٕ یی آسان زِ ثقہٕ دلیلو ستی کرِ ینہٕ کتھ ڈکھ

---

[۱] کشمیری لٹریچر:- معاصر ہندوستأنی ادب (انگریزی) ص ۱: ۳۲-۲۲ ساہتیہ اکادمی، نئی دہلی ۱۹۵۷/۵۹

نزریہ کہِ یی منے وۄن تی چھُ حرفِ آخر۔ پُشپ صأبَس چھُنہٕ بَرِ پیٹھ کھٕرِ ٹاکی کھاران۔

باناسُر کتھایہِ ہُند مۄلہٕ اَنہار بَدِ کڈان چھُ سہٕ ییٚدِ سیٚود کتھہِ ہُند پَن تُلان لیکھان ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

"باناسُر کتھایہِ ہُند پۄرناو چھُ باناسُر وَدھ کتھا یعنے باناسُر مارنہٕ پَتھ کتھ۔ ییچھر پچھے اوتار بٹن سُلطان زین العابدین نِس دورِس منزٕ لیہِ زَن بڈشاہس گدِ پیٹھ بیہنہٕ مِتس شتوہ وری گامتٕ آسی۔ اَوتار بٹہٕ نے وَننہٕ چھ

"زین نیابنے وِملے راجیے شڈو نشے وَرشے کتگے
دِو سَر سوت پۄزیت آجیے برونشس اندھرو نھتے"

تہٕ

شری زین العابدینے نرپتہٕ ریتے دھرم راجے شدھے
شڈو نشے وَتسرے اِہ پمیت سَرسے کرشن باناں یُدھے
دیسے اوتار بھٹے وِرڑون رمی آکھیہ پیٹیت سدھے
بندھا گیرران بھاشہٕ منز ہرو نشے بھارتے تہٕ گرُدھے"

گوز "باناسر کتھایہ "ہُند اَکھ (یعنے پلاٹ) چھُ کرشن جین تہٕ باناسُرن سہٕ یوہ دُیس جہا بھارتکِس بِرونٹھ ناوِکس پۄت پٕتھس سنسکرت پاٹھی وَننہٕ آمُت چھُ۔ اوتار بھٹ چھُ اَکھ رضی (یعنے دِلپذیر) زانہٕ کأشری پاٹھی پٕران تہٕ یتھ صفس منز پیش کران یتھ تھٕ آسی تیلہٕ وَنان "کاویہ پبند" اوتار بٹہٕ نی زیٚو۔



"روزِم اِہ کاویہ پبند"

گریِر یعنے زبأنی زان چھُ پُشپ صأب سُرتھ سوٗچتھ سَر کھٕر کرٕتھ ساَنی کأشرِ زیٚوِ منز اَسہٕ تہٕ سیٚد رسادٕ سہل زبأنی منز فکرِ تاران تہٕ اَسہِ چھےٚ مشکل کتھ زانٕنۍ آسان باسان۔

"یَس یوٗتاہ کأشُر بوٗلُن تگہِ تَس تگہِ تیوٗتاہ بوزُن تہٕ حالانکہ ضروری چھُنہٕ زِ یَس یوٗتاہ بوزُن تگہِ تَس کیا تگہِ تیوٗتاہ بوٗلُن تہٕ یوٗتام نہٕ سہٕ بوٗلِنچ پۄرِ پۄرٕ ہال کرِ۔ بوزنُک تہٕ بولنُک یہِ تکنیار چھُ دۄن رویہٕ آسِتھ تہٕ مُلہٕ تلہٕ کُنۍ۔ اَمی تکنیارٕچ وِشرٕ ھتے بۄزی تۄ کأشرِ زبأنی زان۔ گرزن لفظن ہندِ گرٕتُک تہٕ گرتن ہندِ وَرتاوُک تکنیارٕ یے چھُ زبأنی زأنی ہُند مۄلہٕ مقصد۔

زبان گیہ سوٗ ٹمہ کہِ ذریعہ بوزناوَن (یا لیکھُن) وول بوزَن (یا) پرن وألِس تام کانہہ کتھ واتناوان چھُ اَدٕ سوہ (پنٕنۍ) اَندرِم کتھ آسی تن یاد اَندی پیچھ) نیٚبرِم کتھ۔ بلکہِ چھِ اَسی سوچان سوچان تہٕ اَندرٕ اَندری پأنی پانٕنۍ سیتی کتھ ہِشہٕ کران بوزان یا بوزناوان۔ کُنہِ کُنہِ زَنتہٕ لیکھان پران تہٕ بۄزی تۄ سوچن وِزِ تہٕ چھِ اَسی یہِ دٔپِ زِ تہٕ اَکہِ قسمُک خاموش زبانٕ وَرتاوان[1] کتھ چھُنہٕ یہِ زِ پُشپ صأب کیا چھُ وَنان بلکہ یہِ زِ سہٕ کتھ پأٹھی کمہِ ژھوٚپرٕسان چھُ لوٚہ تہٕ اَنداز۔ ۔ ۔ ۔ ۔ مُشکل کھوتہٕ مُشکل کتھ پرن وألِس تام وَیہِ وُن لفظٕ وَرتأوِتھ پرَن وألِس تام واتہٕ ناوان۔ نتہٕ یہے

---

[1] کأشرِ زبأنی زان۔ ۔ ۔ پروفیسر پُشپ؛ یسون ادب ۷۶-۱۹۷۷ ص ۲۱-۲۶ کأشر زبان وادب نمبر

پمے تہٕ ژٕرھے کیتھ ہیٚیہٕ کأنسہِ وکھناونہٕ آسَن . اِظہار کرنا مانوٗس لفظ وَردٕ نیٚسے مَنز ژھٔنیٛہٕ ژھمھٹہٕ تہٕ پٔرن وأنِس تہٕ ہیٚیہٕ سٔنٛٹھاکم کاسہٕ پلہٕ . تٔمی سٔنٛدٕ پرِ سِتھ کانْہہ مقالہٕ چھ تٔمی سٕنز بأوژ ہِندی منٛہٕ مأنی تہٕ بے ساختہٕ سونزلہِ رنگ . ژرکہِ اوس پُشپ صأبنٕ مُطالہٕ تہٕ مُشاہدٕ وسیع سہٕ اوس کأشرِ علاوٕ سنسکرت ، ہِندی تہٕ انگریزی بیترِ زبانین ہِندِس اَدبَس واقف . زبان دان آسنہٕ کِنۍ اوس تَس ژھوجرِس کأم ہیٚنۍ ویٚوٚد . بوزوے تہٕ یوٚہ ہوے چھُ نثر نگاری ہُند کلاسیکی اسلوٗب تہٕ تیوٚت تخلیقی نہ سہی مگر لوٗنہٕ وُن تہٕ دِلَس بیہوٚن تہٕ چھُ . سہٕ کُس کأشرِ ادیبُ طالب علم ہیٚکہِ یژھہٕ ہٕش وَزن دار دلیل اَپراوِتھ :"

"شیٚنخہٕ شُرکی چھِ اَز شُنے ہتہٕ وری برونہہ تھنہٕ پیمتۍ . تیٚلہِ کیا آسہے پٔمَن ہُند مولہٕ اَنہار . یہِ وَنُن چھُ اَز سیٚٹھے محال . بلکہ قریب قریب ناممکن ترکیاز ہتہٕ بدِ ورِیَن لِلہٕ واکھن ہِندی پأٹھی سینہ بہ سینہ لِلہٕ ونہٕ تہٕ ژٕرھراونہٕ پتھ تہٕ کھٔتی یِم شُرکی وقتہٕ وقتہٕ زیٚوِ پیٹھہٕ . وقتہٕ چوزبأنی ترایوَ تہٕ کوٚریِمَن ہوبہو . اَوے رُٹی شُرکیو نوٚی نوٚی اَنہار . اَچھر انہار تہٕ آواز اَنہارٕ ے یأتی نہٕ لفظہٕ تھرنہٕ تہٕ وَنہٕ تھرہٕ ہِندی نوٚی نوٚی انہار تہٕ . بلکہ شُرکین ہُند تولہٕ میٚشرہٕ تُلہٕ تراوتہٕ روٗد نہٕ ہر ہمیشہ ہوٚ ے ."

ابوالفقراء بابا نصیب الدین غازیؒ پنٛدِ نوٗرنامُک تہٕ ترتیب دِنہٕ ونہٕ والین شیٚنخہٕ شُرکین ہِندِس مولہٕ انہارَس تہٕ مُسوَدٕ نقلہٕ پھیرِس کُن تہٕ چھُ پُشپ بجا طور یتھ کِنۍ نٔنۍ اِشارٕ کران تہٕ ہاوان زِ اَچھراو تہٕ لفظُٹ تہٕ کِتھ کِنۍ تہٕ کتہِ کوٚراوس بدلیو مُت . اَتھ وَلوٗ زبأنی ہُند تہٕ ژٕرک آسُن تہٕ



نقادس تہٕ محققہٕ سنٛدِ منصبُک یُتھ شوٗبہِ تیُتھ پاس آسُن .

"یٔتہٕ ٹیلہِ قریب قریب دہ یہِ ہتہٕ وٕہری یِمَو منز کینہہ شُرکی بابا نصیب الدین غازیؒ سنٛدِس نوٗرنامَس مَنز درج سپدی . یِم آسہٕ ہَن کأشرِ زبأنی ہنزِ وقتچہ ترایو گرایو موجوٗدٕے اچھراونہٕ آمتۍ . تہٕ کرِتھ پرأنۍ کِنہِ قلمی نُسخہٕ پیٹھہٕ تِمی نقل آسہٕ ہَن أنکہٕ وِنی پرنہٕ یِتھ ، وقتُکس زبأنی انہارَس پتہٕ ہشراونہٕ آمتۍ . شُرکی میٚنشرن منز کُنہٕ آمُت آسنہٕ کِنۍ آسہے کانْہہ نفظاہ یا لفظ مُیلاہ ، ڈنجہِ روٗدمُت . شُرکی میٚنشرس تہٕ ٹیلہِ اَلہٕ ڈلہٕ سپُد ، تفظس کیا پرژھی زِ ہَہے زِبداتی کمہِ باڈنجہِ اوسکھ . نتیجہِ دراوزِ ٹیلہِ ٹیلہِ نوٗرنامُک نوٚو نوٚو نقلاہ تیار کرنہٕ آو ، لیکھن وأنِس یہِ کینژھا سیٚود سیٚود فِکرِ توٚر تہٕ لیوٚکھُن شُودیے یہِ نہٕ فِکرِ توٚرُس ، تَتھ کوٚرُن پَننۍ کِنۍ ہو بہو نقل تہٕ ڈاجنس (بوزشوژِ ہنز) کرِنۍ . کرِنی ڈایِنخ یہِ نِہ روزِ پتہٕ وَکھ چلہٕ وِنی تہٕ پتہٕ مِس ہتَس وریَس دوران کٔرۍ . اَمہِ نتیجہِ زیادٕ ے پہَن پھیار ، یِم چھاپ سپدی تِمَن شُرکین اَندر ٹاکار درینٛھی لیوان چھِ ."[1]

یتھ کِنۍ چھُ نہٕ وانہٕ تہٕ گیُتھ دہ شوٗنی صورتن مَنز سُہ تہٕ تیُتھ پھیر دار کلام اَسہِ تام وٕنمُت یِمیُک مولہٕ اَنہار بدِکڈُن کانْہہ سَہل کأماہ چھنہٕ - پُشپ صأبہٕ چھُ یڈٕ ژُرکہِ سان اَمیُک وہ پأے تہٕ کران .

---

[1] وُچھو تفصیلہِ بأپتھ . شیٚنخہٕ شُرکین ہُند مولہٕ اَنہار - پی - این - پُشپ سون ادب ۱۹۷۹ء ، ص : ۹۷-۸۳ - مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی سرینگر

کٲشُر لوک ادب چھُ یا زبٲنۍ ہُند یتھ کال پُشپ صاب چھُ اَکِس زٕکۍ درنقادس، محقق تہٕ لِسانیاتکِس ماہرٕ سند څھٕ یتہٕ کھن ہِندِس کُناہس وآتھ تِمَن ہِندی یا مُسلِن ہِندی سآری پہلوٗ، برونٹھ کُن اَنان تہٕ ضروری باسس کٲشر زبٲنۍ تہٕ ادبہٕ چہ ترقی باپتھ تِمَن ہِندی ووہ پاے تہٕ تجویز کران۔

سہٕ چھِنہٕ نۆوۍ نۆوۍ اِصطلاح گرٕنس تہٕ وایہٕ بران یکیازِ سُہ چھُ یژھان زبانن سیتۍ اَتھہٕ واس کرِتھ تہٕ گژھہِ کٲشر زبان پننین رنگن پیٹھ ووہ دنہٕ رٕوز تھٕ پنُن کارِ تھزر تہٕ راشہٕ گو ببیر تہٕ ہاوِتھ دِنۍ۔ لفظِ تھُریہٕ وزِ چھُ کٲشر زبٲنۍ ہِندِ لفظہٕ گرٕنک پوٗز پوٗر خیال تھوان۔ یکیازِ تِمۍ چھُ پانہٕ تہٕ زبٲنۍ زان، وُزٕ آوِتھ، ووٗنمُت:-

"بوزوَے تہٕ پمَن گرتن ہُنر زنگہٕ زنگہٕ تھُرن نظر تَل اَنۍ یتھے ہیکو کٲشرِ زبٲنۍ زان کرِتھ۔ تہٕ یس یُس آمہٕ تھُرنہٕ ہُنر زھونب اَتھ آیہٕ۔ تِمۍ تِمۍ پننۍ کٲشرِ زبان پننین اِشارن پیٹھ، بُرتبنہٕ ہندی یا گٹھی نثر ناوِتھ۔"

پُشپ صاٮ۪بن کانہہ تہٕ مقالہ یا لیکھ وُچھتون، تِمۍ سُند نیرِل تہٕ زبانین ہندین مۆلہٕ اصوٗلن تابع لفظِ گرُت چھُ ٹاکار، تیُتھ تہٕ یُس پھوکہٕ بالہٕ ہِندی یا گٹھی ٹپہٕ کھٮ۪تھ پھیر کتھ ییہ . . . . . . .

بلکہ اکثر باڈی تھپہٕ ہِندی یا گٹھی سوچہٕ دوہس لارِتھ شوٗبہٕ راو۔ اور کُن پھٔنے کٲشر لوٗ باقے لِکھاریو تہٕ کم زیادٕ "زٮ۪تھ" دِژمژ۔ مگر پُشپ صاٮ۪بس چھُنہٕ یُتھ ہیوٗ اہم مگر باسہٕ وُن غیر اہم مقصد نظر وڈلانے۔ اَتھ چھِ پُشپ صاٮ۪بنۍ بوٗنہٕ کنہٕ درج تِم مضموٗن ڈکھس یم یتھ موٗلو گرامس سیتۍ تِہند نثری انتخابہٕ زٕنگۍ شامِل چھِ۔ ضروٗرت چھِنے یمہِ کتھ ہُنر زِ پُشپ صاٮ۪بنین منتخب مضموٗنن ہُنر



سوٗمبرن ییہٕ ترتیب دِتھ چھاپنہٕ۔ اَتھ منز گژھن تِمَن زبر مقالن ہِندی ترجمہ تہٕ شامِل آسنۍ۔ پُشپ صاٮ۪بُن انگریزی مقالہ "ہُنرے اُلکہٕ وَنِہ ذات۔ نوین جائزٕ" یُس شاید تِمۍ سُند اَمہٕ قسمُک آخری لیکھ تہٕ چھُ، چھُ یمہٕ لحاظ اہم زِ لکہٕ باتن ہُنر امہٕ پُرجہار قدیم تہٕ دوہدِش وقتس سیتۍ سیتۍ بدلہٕ وِنہٕ لکہٕ لیہٕ ہُنر زان گژھِ عار کٲشرِن تہٕ ہُنرے چھُ بہر صوٗرت بٹہٕ وَنہٕ وَنکُ زٲنۍ شبد۔ وَنہٕ وُن دمسلمانَن ہُندتہٕ ہیکہِ اَپِح وَکھنَے آسِتھ مگر تِتھ ہیکو نہٕ تو تہٕ ہُنرے سیتۍ دُسلاہ کرِتھ یا ہُنرے وٕنِتھ۔ یہ چھُ ہِندی یُس تہٕ انگریزی زبانن منز نیرن وآتس کٲشر سماچار ناوی رِسالس منز یُس کٲشر ثمتی ہُند ترجمان چھُ اکتوبر ۱۹۹۶ کِس شمارس منز پُشپ صاٮ۪بنہِ مرنہٕ برونٹھ اکھ ریتھ درامُت۔ زانہٕ دَے یہٕ رسالہ یعنے کٲشر سماچار یتھ منز کٲشر تہٕ ہِندی لِپی منز چھپان چھُ اوسا وقتنے پیٹھ درامُت اگر تہٕ آسہٕ تیلہِ آسہٕ پُشپ صاٮ۪بن تہٕ وُچھمُت۔

دینا ناتھ نادم چھُ پننہِ وکھر اُسلوبہٕ تہٕ شعری آہنگہٕ کِنۍ کٲشر زبٲنۍ ہُند قد ووٗنُت شاعر۔ یہ کتھ چھےٚ برونٹھے وَننہٕ آمژ زِ پُشپ چھُ کھن ہِندِس کُناہس وآتھ زگ تہٕ پریوٗن بیوٗن بیوٗن کڈان۔ پُشپ صاٮ۪ب یُس نادِم صاٮ۪بس تعریفَن اَکےٚ وُری کوٗنژھ اوس چھُ تِمۍ سند باوُژ بلکُ قایِل مگر بزرونس تہٕ چھُنہٕ یتھ روزان۔ مآج کشیر چھےٚ نادم سنز گوڈ ینٔخ نظم یوسہٕ تِمۍ پُشپ صاٮ۪بنہِ وَننہٕ ۱۹۴۰ ہس کُیت لیچھنہٕ زِ ۱۹۴۸ یس منز یہٕ زَن نادِم پانہٕ وَنان چھُ تہٕ ییمِح تردید تہٕ سہٕ پانے چھُ کران دُوچھو تفصیلہٕ باپتھ:- شہلی کُل:- نادِم:- آگرنیب ص ۷۳-۳۱) پُشپ صاٮ۪ب ہیکون یمَن سارِنے تواریخی شعری واقاتن

ہُند چشم دید گواہ تہٕ مانٛنچ تہٕ معتبر ہم سفر تہٕ یُس پَزِرٕچ نقاب کُشائی ییتھ کٕنۍ چھُ کرَان ۔

" یَتہٕ ئیلہِ ۱۹۴۷ءہَس مَنٛز نادِم ماسٹر بنیوو نوِہندی شاعری ہُندتہٕ سپدُس اوپ ژوپ تہٕ پرتاب میگزین کِس ہندی سیکشنس ہنٛزُ ناو درج وُچھنہٕ کہٕ شوقہٕ ہیوتُن ہندی یاٹھی تہٕ کم کاسہٕ وُنُن ۔ اَما "کشمیر چھوڑو" تحریک کِس دورانس ئیلہِ "نیا کشمیر" دستاویزس منٛز درج کاشُر زبانٕ ہندس تجربس سنیو، پانہٕ تہٕ پیوس اورکُن ظوہن، چُنانچہٕ ہنٛزِ گوڈنِچ کاشُر نظم "ماج کشیر"، "پیپچھن امی وریہٕ تہٕ "بندے ماترم" کہٕ گوٚ ژھوٚٹُن ماجہِ کشیر ہُند زُوزبتہٕ یُمہٕ آیہٕ ۔

زگت زنٕنۍ بھوانی ماج پیتہٕ نی
ژیتے کٕمۍ ووٚن نے ژچھکھ کس تہٕ بے بس
ژیتے کٕمۍ ووٚن نے ژچھکھ اُژھ یا پہٕ منگ وُس
زنتہٕ یمہٕ شعر بندے ماترم کہٕ
"کے بوٚلے ماتُمی اَبلے" ترانٛگ پوٚت گرِزِچھ

وارِ وارِ ہیتِن نس برانتِ ژلِنۍ تہٕ ہنٛزُ پان باسیوس حقیقتہٕ نشہِ سیٹھے دوٗر پیوٚمُت ۔ تو تہٕ روٗزِس جمہوٗرکِس موٗلہٕ پژرس بیٹھ ڈریٗتھ پژھ یوہے صُبحدم ناوکِس سانٛٹس اندر باوٕن تہٕ باسیوس ۔

کُنے زوٚن یژ چھُ پژھیوٚن گاشہِ تارُکھ
مُشِتھ گومُت چھُ شاید کا رواتس
عوامَس سیتی یَس گوٚو میل سُہ برونہہ پوٚک



بدوٚن یُس روٗد منٛزِس واتہٕ نے تھوٚک

پُشپ صاب چھُ پژھ شاعری وَیہٕ وِنٛزِ مولاسحون کرَان وَنان زِ یہٕ گژھہِ تہٕ سیدِ سیوٚد کھشُر ہِش آگادِ گژھنۍ ۔

" عوامَس سیتی مُیل کرنُک یہٕ باند باند چھُ نادِم تہٕ شعر باوُژ ہُند بتر تہٕ تہٕ کھشر تہٕ ۔ بتر چھُ تیٚلہِ ئیلہِ ورگہٕ یاٹھی ووتلہِ ۔ کھشر چھُ تیٚلہِ ئیلہِ سیدِ سیوٚد آگادِ ہیوٚ گژھہِ ۔"

وَلیو نادِمنٛز ساری تجربہٕ ماچھ ہوی زوددار تہٕ پوختہٕ دراہتی ۔ تہٕ کُس ہیٚکہِ وُنِتھ؟ کینہہ تجربہٕ چھِ ئلی، اَنٛدری، بلکہ خام طمی ہندی پھیار ہوی باسان، مثلن کاف تہٕ زولہٕ یَتھ اَندر سِر کتھ باوٕنہٕ چھکہ چاوِ، مُتی کَتھ ہِش برنہٕ چھےٚ آمژ [1]

ہاہا ہوہو ہاہا
سوٚ ہَم، ہَم سوٚ، سوٚ سوٚ
سوٚ سوٚ
ہوٚ
سوٚ ا [1]

پُشپ صابس کاشُر زبانٕ تہٕ ادبہٕ کِن مَسلَن ہیتِن تہٕ تہٕ ئیلہِ تہٕ دل دِنُک یاسننُک وار وِستار آو تمی یتہِ سرکارِ چَن بُنیادی تہٕ اہم ذِمہٕ دارِیَن ہنٛز نشاندہی

[1] نادِم صابنۍ باوُژ انہار ۔ پی ۔ این ۔ پُشپ :۔ شیرازہ :۔ نادِم نمبر :۔ وری ۲۵-۲۶، جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈیمی ۔ سرینگر :۔ ۱۹۸۹ء

کرٕتِتہٕ تھاوِن ادیبن تہٕ شاعرن تہٕ تِمہٕ کامہٕ مَنٛزٕ یِمُو وَرآے نہٕ زبٲنۍ بُتھہٕ کٕڈرِن مَسلَن ہُندوو پاے سَپدُن ممکِنے چھُ بامے سُہ شٔری اَدَب تخلیق کرُن چھُ تعلیمی پالیسی چھٕنے، یاژھوٚنڈزھار پُشپ صاب چھُ بوزٕہ شوژ کٔرِتھ سارِنے پانسَ سٔتۍ ستۍ پکناوان ؎

اُسنہٕ کھنگالاکتھٕ ہُندیاربل زآوِجارَن واتہٕ وُن بیداراوس

○

# کاشُرٕ لُکہٕ اَدَبَچہٕ وَنتۍ ذآژ

کاشُرٕ لُکہٕ وَنُت چھُ دوٚہیہٕ آیہٕ اَسہٕ تام ووتمُت۔ اَکھ کتھٕ کتھٕ ژٔنگی تہٕ دوٚیِم گیوون لَیہٕ مَنزٕ۔ تٲجُبا چھُ نہٕ ہرگاہ کینہہ حصاہ اَمیکُ دوٚشوٚے آیُو بارسَس آمُت چھُ۔

وٕنیٛکٕ پوٚتھٕ ہیٚکی زِوُنیتھ زِکتھ کتھٕ ژٔنگی اَسہٕ تام ووتمُت لُکہٕ وَنُت گوٚو لُکہٕ کتھ، گیوون لَیہٕ منزٕ ژھراونہٕ آمُت گوٚو لُکہٕ بٲتھ تہٕ دوٚشوٚنی ہُندمِلہٕ ہِش گوٚو داستان۔ اَمائیلہٕ اُسی یِمَن ترِین مولہٕ وَنتۍ ذآژن سَنان چھِ یِمَن اَندٕ یِکھی تہٕ اَندر تہٕ چھیٚہ اَسہٕ کینہہ وَنتۍ ذآژ یا ذآلی ذآژ نظرِ گژھان۔ یِمَن سارِنے سام ہیٚنہٕ خاطرٕ چھُ ضرُوری زِ لُکہٕ وَنتہٕ کِس مولہٕ تصورس پیٚٹھ تہٕ ترااو ونظراہ۔

انگریزی پأٹھی یتھ فوک لور ووٚنکھ تتھ اندر چھِ وَنتہٕ علاوٕ یِژھ یِژھ، ژِنگ شینکھ تہٕ ریتھ رِواج ہوی سماجی پہلوٗ تہٕ وو کھناونہٕ یوان تہٕ لُکہٕ وَنُت

بوزی تون فوک لوٚرناوکہِ زاٲنی میراٹھک انگا اکھ لکہٕ ادب تہٕ ہیٚکو اُتھی وُنتھ ہر گاہ ادب لفظُک وُسی مانہِ مطلب نموٚ۔ یا نہِ لفظن ہندِ ذٔری یہِ یہِ کینژھا ظاہر کرنہٕ ییہِ تِتھی دوٚیُچھ وَنُت تہٕ قلم بند سپدنہٕ برونہہ زیوِ پیٹھ زیوٚ کھسِتھ تہٕ سپنہٕ بہ ییتہ ژٕرھراونہٕ ییتھ لکہٕ انہار رٹنہٕ کِنی چُھ کانہہ تہٕ وَنُت لکہٕ وَنُت بنِتھ ہیکان۔ اماٚرکہِ چُھ لکہٕ وَنُت تہِ کاٚنسہِ اَکی ہندِ لَذ ییہنہٕ وُزِتھ تیٚنزِ زیوٚ نیران تہٕ سپنہٕ بہ سپنہٕ للپہٕ ناونہٕ ییتھ زیوِ پیٹھ زیوٚ ژھوہ ماران۔ یہِ بوزی تو ترژھے ہِش عملاتژھ وُپتی گنڈتیہ تہٕ پرژھ تہٕ نَژ راوان یِھیہ۔ کانہہ ترکھاہ چُھ کُنہِ خاص موقس پیٹھ خاص حالاتن منز ترژھ شرپہ ووٚنی تہٕ لوبہٕ ووٚنی کتھاوَنان زِ موٚلہ وَنن والی سُند چُھ نہ اَتھ کُنہِ کُنہِ قسمُک اجارٕ روزان۔ یِمہِ کِنی ساری بوزن والی چھِ اَتھ پنُن زاٲنی تھےپھر کاوان تہٕ برونہہ برونہہ پکناوان۔ لکہٕ باٲتھ تہِ چُھ ییتھے کِنی کرتام کمی تام گوٚنہٕ ماتن پننہِ آیہ وۄنمُت تہٕ بوزان والیو چُھ یہِ سرٛوٚد ذاٲنِتھ لکہٕ آیہ گنگہٕ رودمُت یا گیوٚو مُت تہٕ اَتھ دورانس منز چُھ یہِ لوکو رَند کڈِتھ بدلونہٕ انہار تہٕ برونہہ پکنو ومُت۔ ٲلی کہِ کینہہ تِتھی باٲتھ تہٕ چھِ امہِ آیہ اَسہِ تام واٲتی ہتہ یِم زِن لیکھتہٕ موٗجوب کاٲنسہِ خاص گوٚنہٕ ماتہٕ ہندی وُنِتھ ہیٚکی زِتہ کرِتھ چُھ کاتھو شاعرو لکہٕ آیہ تہِ واریاہ کینہہ تیٚتھ تہٕ وۄنمُت ییتھ لکہٕ وَنُت وَنہٕ نَس تھوس ہِش چھےیوان۔

لہٰذا چھُ بُڈیاٚدی سوال وو تھان زِ لکہٕ وَنُت کَتھ کَتھ وُٹی زِ۔ تِتھ تیا

(۱) یُس کانہہ گوٚنہٕ ماتن پنُن لیکھت دِنہٕ ورٲی لوکن برونہہ کنہِ تراولوٚ تہٕ پتہٕ کمی تام بوزن والی تمی آیہ زٕژھراوِتھ نوٚن کجَو؟

(۲) یُس کاٲنسہِ گوٚنہٕ ماتن پنُن لیکھت دِتھ لوکن برونہہ کنہِ تراولوٚ تہٕ پتہٕ بوزن والیو وزِ وزِ پننہِ پننہِ آیہ کم کاس ہیر پھیر یا بٔڈر کرِتھ اَسہِ تام واتنوو۔

(۳) یُس کاٲنسہِ گوٚنہٕ ماتہٕ ہندی ناٲوی زاننہٕ ییتھ تہٕ لکہٕ میراٹھک اٲژھیوٚن سہاتہٕ بنیوٚ مُت آسہِ؟

(۴) یُس کاٲنسہِ گمنام گوٚنہٕ ماتہٕ سُند پُرکار کلام آسِتھ تہٕ چھکرِ یا رُوِس منز پیش کرنہٕ یوان چُھ؟

(۵) یُس کاٲنسہِ گوٚنہٕ ماتن حال حالے لکہٕ آیہ لیوٚکھمُت چُھ، اَما کمی تام سومبرن کارن پرون لکہٕ باٲتھ ماٲنِتھ یا فرض کرِتھ چھاپ کرنوو؟

اَتھ بُڈیاٚدی سوالس مُنز توٚ تہٕ باسیوٚ زِ لکہٕ وَنُت تہٕ لکہٕ شاعر سُند وَنُت چھِ پانہٕ واٲنی کُنہِ حدس تام ہوی آسِتھ تہٕ ذاٲژِ کِنی اَکھ اَکس نِشہِ بدوٚن تہٕ بکیاز لکہٕ شاعر سُند وَنُت چھُ کاٲنسہِ اَکی سُندے کلام زاننہٕ یوان ییلہِ زن لکہٕ وَنُت چھُ نہٕ کاٲنسہِ اَکی سُندے کلام زاننہٕ یوان، ٲلی کہِ چھُ پرسپتہ اَکی سُند بنِتھ دُرس سماجک ماننہٕ یوان۔ کاٲنسہِ اَکی سُندے موٚلہ وَنُت ثابتہ سپدنہٕ پتہٕ تہٕ ہر گاہ یہِ لوکو پننہِ آیہ نیٚشنو ومُت آسہِ، اَتھ لکہٕ وَنُت وَنہٕ نَس چھُ نہٕ کانہہ ہرجاہ، بشرطیکہ سیتی ییہِ وَننہٕ زِ فلاٲنی سُند کلام کیا چُھ حالاتو کِنی لکہٕ وَنُت بنیومُت۔ جبہٕ خوتنہِ تہٕ اَری نہٕ مالہِ ہندی خبر کاٲتیاہ وَژن آسَن ییتھے کِنی لکہٕ وَنُت ماننہٕ آمتی تہٕ تاجباہ چھُنہٕ اگر کینہہ لکہٕ وَنِتی تہِ آسَن حبہٕ خوتنہِ تہٕ اَری نہٕ مالہٕ ہندِس شعرِ کھاتس تراونہٕ آمتی۔

خاٚر، لکہٕ وَنُت ہیٚکو مُلہٕ تلہٕ یمَن پانژن وَنتی ذاٲژن اَندر وژھناوِتھ۔

اکھ: لکہٕ کتھ۔ دوٚیِم: لکہٕ باٲتھ۔ تریِم: داستان۔ ژوٗرِیم: دپِت تہٕ

پنٛتریم : پرتٕھ تہٕ کاشُر لُکہٕ ادب بوٗزی تون یِمنے پانٛژن موٗلہٕ ذاژن ہُند جہار۔ سُہ گوٚو یِتھہٕ کٔنۍ۔

لُکہٕ کتھ :۔ سو کتھ یوس لوکھ پتہٕ وٕتھ اکھ أکِس بوزناوان آمتۍ چھہِ۔ پیٹھہٕ ورکتھ گوٚرتھ یا بوزناوِتھ تہٕ چھُہ ووستادٕ ہندی طرفہٕ بوزناونُک دم بران۔ شوٗرُع چھُ یِتھہٕ کٔنۍ کران۔

دیان ووستاد :۔ یہ لُکہٕ کتھ چھےٚ بیار لنٛگ لَنجہ کَڈان تہٕ زنٛگہٕ زنٛگہٕ ترکیبن کأم ہیوان۔ کتھ ستی کتھ، کتھ منٛز کتھ، کتھ منٛز کتھ۔ تہٕ کتھ اٚندۍ اٚندۍ کتھ بیتر بیتر۔ اَمہِ چہِ ذأتی ذاژ چھےٚ یِمہٕ۔

(۱) کتھایہ :۔ دیومالأیی، مذہبی تہٕ اخلأقی قصہٕ یِمَن منٛز تیرتھن ہنٛز مہاتمہ کتھ تہٕ شأمِل چھےٚ۔ مثلن :۔ تی ہرچ کتھ، وولرچ کتھ یا کونسرنائگ کتھ۔ یِن دِرِیُگ کتھ یا ستیہ نارائن کتھا تہٕ ہرژندر راژنی کتھ۔

(۲) دینیأتی قصہٕ :۔ یِمَن اندر حدیث تہٕ کشف کرامات تہٕ شأمِل چھہِ تہٕ روٗحأنی بُزرگن ہندی قصہٕ۔ مثلن
سیرت النبیؐ چہِ رِوأیژ، تختِ سلیمانُک قصہٕ، چاہ بابُل، ہاروٗت ماروٗت صأب۔

(۳) دٔلیلہٕ :۔ عجیب وغریب کردارن یا ظوٗتن اٚندۍ اٚندۍ وونہٕ آمتین واقاتن ہنٛز کٔرۍ ہأنکل ہِش پیش کرونۍ دِل چسپ قصہٕ۔ یِم زنٛگہٕ زنٛگہٕ چھہِ۔

(۱) پادشاہ کتھ، راژن تہٕ رانین ہنٛز کتھ یِمَن منٛز وٗزیرن، وٗزیرزادن تہٕ وٗزیرزادین ہندی قصہٕ تہٕ آمتۍ چھہِ تہٕ مٔنزۍ مٔنزۍ جِنن تہٕ پٔری ین ستی بُتھ



لاگیہ ہندی بیان تہٕ وونہٕ آمتۍ چھہِ۔

(۲) پٔری کتھ :۔ یِمَن اندر جِنہٕ کتھ تہٕ طلسمأتی قصہٕ تہٕ شأمِل چھہِ۔

(۳) جانوَر کتھ :۔ یِمَن منٛز کُنہِ کُلۍ کٔٹ تہٕ کتھ کرنہٕ لگان چھہِ۔

(۴) کاہٕ ٹچار کتھ :۔ یِمَن منٛز پریتہٕ تہٕ ورتاوُنہٕ یوان چھےٚ تہٕ مُشکِلو منٛز نیرنچہِ ژھومبہ ووتھلان چھےٚ۔

(۵) چأری کتھ :۔ یِمَن منٛز بیہ شعوٗرن ہندی چھرِ تہٕ پأٹھرِ تہٕ لُطف دوان تہٕ اَسناوان یِچھہِ۔

(۶) اَسن کتھ :۔ یِمَن منٛز چالٹھ، جتہٕ، مسخرِ، طنٛز، ہزل تہٕ ہجو بیترِ اَسن ترایہِ تہٕ شأمِل چھےٚ۔

ظأہر چھُ زِ یِمَو منٛز کینہہ ذأتی ذاژ چھےٚ اکھ أکِس نِش ڈکھ تہٕ تہٕ نألی نال تہٕ۔ مثلن
چأری کتھ منٛز چھےٚ اَسن ترائے تہٕ روزانے تہٕ جانوَر کتھ منٛز چھےٚ چأری کتھ یا کاہٕ ٹچار کتھ تہٕ وہیانے۔ یِتھے کٔنۍ چھےٚ یِمَن ترٛیشوٚنی ہنٛز گنجأیش پادشاہ کتھ یا پٔری کتھ منٛز تہٕ اَسانے تہٕ بانٛڈ پأتھرس منٛز چھہِ یِم سأری وٕنتہِ آے نقلس تابع روزان۔ بلکہِ لُکہٕ بأتُک اکھ واس تہٕ پراوان۔

لُکہٕ بأتھ :۔ لُکہٕ بأتھ تہٕ چھُ واریاہ رٔنگی پرٛیتھیو مُت۔

(۱) وٕنہٕ وُن :۔ (یِتھ اندر ہٕنیرے تہٕ شأمِل چھُ) وٕنہٕ وُن چھُ کھاندرن کھُندرن تہٕ بڈین دوہَن خاص شوٗب اَنان۔ وٕنہٕ وُن چھہِ لَنجہ منٛدس اٚکِس کٔرِس چھہِ وَنان ہُرِ تہٕ کیاژِ مُلہٕ تلہٕ چھُ یہ دُمصری آسان۔ وگنہٕ ہٹین ہُندرُلہٕ وُن سوز

چھُہ اَتھ سیٹھے دِلکش بناوان ۔ یوٚہے ہُرٛیلہٕ سیٹھے زیٛچھ لیہٕ منز دژسہٕ دی دی پیش کرنہٕ یِوان چھُہ ۔ اَتھ چھہٕ وَنان ہیٚنزرے ۔
ہیٚنزر یا گٔنی لفظس سٕتی چھُنہٕ اَتھ کانٛہہ تہٕ واٹھ ۔ بٔلکہٕ چھُہ یہ پرانہٕ (پراکرت ایہ بھرنش) ہنٛجے (ہن جے) لفظُک بدلیومُت رٕپھ ۔ تہٕ زن گوو ہیے کٔرِتھ آلو دِنہٕ پتہٕ وَنہٕ ناوُن ۔ چنانچہٕ بٹنہٕ چھےٚ اَز تہٕ ہیٚنزرے وٕنتھ یہ وَنہٕ وُن یِتھ گٔنٛز شوٚروع کران ۔

شوٚ کلم کٔرِتھ ہیٚموٚ وَنہٕ وونےٚ . . .
(یا نہٕ شوٚ کلا مبر دھرم دیوم شلوٗک پٔرِتھ ہیٚموٚ اٰسے وَنہٕ وُن . . . .)
تہٕ مُسلمان پأٹھی چھُہ وَنہٕ وُنس یِتھ گٔنٛز بِسم اللہ یِوان کرنہٕ ۔
بِسم اللہ کٔرِتھ ہیٚموٚ وَنہٕ وونےٚ . . . . .
(یا نہٕ بِسمِ اللّٰہِ الرَّحمٰنِ الرَّحِیْم . . . پٔرِتھ ہیٚموٚ اٰسے وَنہٕ وُن . . . . .)

۲، وَژُن :۔ وَژُن چھُہ مُلہٕ تلہٕ ژُمصری شعرن ہنٛز ہانکل یِتھ ژُوٚریُم مِصرٕ ہیوٚوے آسنہٕ کنٛز دوج بنان چھُہ ۔ رِوایتی اندازٕ بوٗزی تون وَژن کأشر گٔرِت تہٕ پیٚلہٕ یہٕ وَژُن کھاندرٕ کھندرکہٕ موقہٕ تمیُک نارِکھسان چھُہ ، اَتھی چھہٕ وَنان تمیُک نارِ وَژُن ۔ چھکرٕ اندازٕ پیش کرنہٕ یِتہ گوو یوٚہے چھکرِ وَژُن ۔ نَتہٕ چھنہٕ چھکرٕ کانٛہہ وَنہٕ ذاتھ ۔ بٔلکہٕ چھےٚ یہ لکہٕ موسیقی ہنٛز اکھ گیوٚن ترائے ۔
وَژنٕکی خاص قسم چھہٕ یِم ۔
۱، لولہٕ وَژُن :۔ یِمن اندر لول ژھٹنہٕ یِوان چھُہ نَتہٕ لولہٕ وِداکھ دِنہٕ یِوان یِیہ ۔ صوفیانہٕ کلامس اَندر چھہٕ اَز تہٕ واریاہ لکہٕ وَژُن اَمی قسمکی گیوٚنہٕ یِوان ۔



۲، پیلا یہ وَژُن :۔ یِمن اندر دِیہ لول یا بھکتہٕ باوٕ ژھوہ مار ، نَتہٕ گیان دیان دِیٚلہ دِنہٕ رائے بَنہٕ ۔
۳، نعتیہ وَژُن :۔ یِمن اَندر آنحضورؐ لول بَرنہٕ یِیہ ۔
۴، منقبت وَژُن :۔ یِمن اندر دِینہٕ کینٛہہ بُزرگن (وٗلی یَن ، ریش یا مُرشدن) عقیدتُک نذرانہٕ پیش یِیہ کرنہٕ ۔
۳، ژن باتھ :۔ یِم موژران ووٕنی دوٕیی قسمکی رٔودی ہتی یِیہٕ ۔
۱، وٕیٚگی وَژُن :۔ وَژُن ناوٕ اٰسِتھ تہٕ یُس عام وژنہٕ نِشہٕ ہنا بیوٚن باسان چھُہ ، تہٕ کیازِ یٔژ پأٹھی چھُہ یہ ووٕنی ژُمصری رٔودمُت یہ وٕیٚگی وَژُن وَنہٕ وان آسہٕ بٹنہٕ تِمہٕ وِیٚگس بیٚٹھ نژران یِتھ کھٔسِتھ مِیکھلہٕ مہارازٕ پَتہٕ مندرس یا دیوی بل گٔژھان اوس تہٕ مہارازٕ برات ہیٚتھ نیران اوس یا مہارِنی ہیٚتھ گرٕ واپس پھیران اوس ۔
۲، روٗفی باتھ :۔ یُس زنانہٕ بٔڈٕ ین دوٕہن بیٚٹھ خاص کٔرِتھ عید بیٚٹھ دٔری کٔری کٔری گرایہٕ ماران ماران گیوان چھےٚ ۔ اَمہٕ باتُک آہنگ چھُہ نٔژن گراین تہٕ ڈالن ہنٛز تلہٕ ترادِ مُطابِق آسان تہٕ باتُک دوٚیُم مِصرٕ چھُہ (یٔژ پأٹھی) دوٕیہ دوٕیہ پھِرِ ادا کرنہٕ یِوان ۔ مثلن

(ل)
عید آیہ رسہٕ رسہٕ
عید گاہ وَسہٕ وَسے
عید گاہ وَسہٕ وَسے ! . . . . .
(ب)
سٔمی وسے وِگنیو روٗف ہے کرٕ وَسے

سنگرمالن ژھایے لولو     سنگرمالن ژھایے لولو! . . . .

یہِ چھُہ دُنِی یاہ نوِ کھوہ نۄ ہیے لو (۶۰)

بأکِی یاونس کرِوَے رۄف یے لو

بأکِی یاونس کرِوَے رۄف یے لو

(۴) لُڈی شاہ:- ناسہٕ تراس حالاتن یا وۄنکھ زارن بیہہ ٹیپ ژہٕ وِنی شعر چھہ مُلہ تلہٕ اَسَن ترا یہٕ ہندی منظوم اُنہار۔ بۄزی تۄ یۄ ہے شہر آشوب ہیو۔ دۄہرس پیٹھ پیش کرن وول لُڈی شاہ چھُہ اکھ وِزِرۄز کینہہ نتہٕ کینہہ وۄ چھنے کرانے روزان۔ چنانچہ گۄو کُنے کھنہٕ بل کھادن یار، تہٕ چھُہ اَسہٕ تھِتھے ہیو لُکہٕ وَنٕت باسان یُتھ، ہوائی جہاز آو مُلکِ کشمیر چھُہ۔ یہ کرِتھ لالہ لکھمن پنڈی بسیار بأتھ چھِہ نا اَمی حسابہٕ لُکہٕ وَنہٕ تی بنیمتی۔

(۵) شُری بأتھ:- یم بأتھ شُری اَکھ اُکِس رَنہٕ ناونہٕ خاطرٕ بوزناوان چھہٕ۔ نتہٕ دِل بہلایہ بایتھ یتہٕ وَٹہٕ گیوان چھہٕ۔ یم چھہٕ دۄیہٕ قسمکی:-

(۱) وَنَن بأتھ:- یم یِژہ پأٹھی گِندنہٕ رۄستے پیش یوان چھِہ کرنہٕ حالانکہ یم ہیکَن گِندنہٕ تہٕ یِتھ۔

مثلن:-

’بشتہ بشتہٕ برارِ کھوتکھو وَن‘

یا

’ہۄیہ لیلہٕ ژھۄیہ کر . . . . ‘

(۲) گِندن بأتھ:- یم یِژہ پأٹھی گِندان گُندان گیونہٕ یوان چھہٕ۔ حالانکہ وَنن



باتہٕ چالہٕ تہٕ ہیکَن پیش کرنہٕ یِتھ۔ مثلن

دگرہٕ پاہ دی تَو . . . . . ‘

یا

’تُلے لنگُن تُلان چھَس . . . . ‘

اَیتھ چھُہ یہٕ وَنُن ضۆرۆری باسان زِ کینہہ شُری بأتھ چھِہ کٹّین ہندی بایتھ کینہہ کۆرین ہندی خاطرٕ تہٕ کینہہ دۄشونی کتہٕ۔

(۲) دۄدہٕ شُری بأتھ:- یم عام شُری بأتو نِشہٕ اَوموکھ بدۄن چھہٕ زِ شُری چھینہٕ یم باتہٕ گیوان، بلکہ چھُہ مول موج شُرین للہٕ ناونہٕ بایتھ گیوان یا گنگہٕ راوان۔

یم چھہٕ دۄیہٕ قسمکی:-

(۱) منزلی بأتھ یا ہوہو:- موج چھِنے دۄد شُرس ہوڈیا قہرکاسنہٕ بایتھ تھاۓ دِوان دِوان گنگہٕ راوان، نتہٕ سُلہٕ ناونہٕ بایتھ۔ گۄزہٕ گۄز کرٕی کرٕی ہوہو کران۔ مثلن

گۄزہٕ گۄز کرہٕ لو کَنہٕ کے دورو . . .

(۲) کتہٕ کتہٕ بأتھ:- کتہٕ کتہٕ بأتھ چھِکھ زِ یمن بأتَن وۄنِتھ یم دۄدہٕ شُرس اَسناوِ تہٕ رَنہٕ ناونہٕ خاطرٕ مول موج بیتر بوزناوَن۔ مثلن

کیمٹھ باکیمٹھیو کھُس بازنگے . . .

یا

ہۄیہ لیلہٕ ژھۄیہ کر . . . . . .

(۷) ماتمی بأتھ:- مرگس پیٹھ ماتم کرۆنی لُکہٕ بأتھ چھِہ دُقسمی۔

(۶) مرثی :- یِم بأتھ کربلاکس دِل دوزسانحس پیٹھ نالہٕ چھہٕ دِوان .

(۷) وان :- یِم بأتھ کانٛسہٕ ٹاٹھہِ سندِس مرنَس پیٹھ لیلہٕ کران چھہٕ .
وَوَنہِ چھہِ اَمہِ قسمکہِ ماتمہِ بأتھ گال کھاتَس گامتہٕ .

(۸) داستان :- داستان چھہٕ لکہ کتھ تہٕ لکہ بأتھ دوشوٕنہِ مُنبدَرِل . چنانچہ داستان گوٚر
چھُہ لولہٕ قصابوزناوان بوزناوان موزوٗن موقس پیٹھ وَنہٕ وُن ہُراتہٕ تراوان .
مُنزِ مُنزِ تُمیکھ نارِ وَژناہ یا چھکراتہٕ گریزٕ ناوان . اَکہٕ نندُن ہوین داستانَن
منز چھہِ عشقہٕ علاوٕ بیٚیہِ کینہہ موضوع تہٕ چھوٚہٕ آمتہٕ ، یمَن علامتی انہار
بلیِ کہٕ آرکی ٹاپئی رنگ تہٕ چھُہ وو تلان ہیوٚ .

(۹) لُکہ پأتھر :- لُکہ پأتھر چھُہ دراصل تیٚلہِ وو تلان یٚلہِ لُکہ کتھ ، لُکہ بأتھ تہٕ اَسَن تراے
نقالی ہُنر ہم نوائی چھہِ کران . بوزی توٗ لُکہ رنگس رتھیٹرس ) پیٹھ (نقالی
کران کران ) پیش کرنہٕ آمُت لُکہ وَنیٚ گوڈٕ لُکہ پأتھر یُس دٕ قسمی چھُہ .

(۱) گندن پأتھر :- یُس کھاندر کھُندر ہیوٚس خاص موقس پیٹھ گرَس اَندرے
یا اُندیٚ یکھی گندنہٕ یوان چھُہ . مثلن :- مسخرٕ پأتھر ، بیچہٕ پأتھر ، بڈٕ پأتھر ،
دوٚبٕ بابے ، گوٗری بابے یا دوٚد موج .

(۲) بانڈ پأتھر : یُس پأتھر پیٚرِ وٕنہِ بانڈ روایتی اندازَس منز لُکہ ارسأتس بروٚنہہ
کنہِ پیش کران چھہِ . مثلن
واتل پأتھر ، گوٚسأنہِ پأتھر یا دُرزٕ پأتھر

(۱۰) دپت :- کانٛسہٕ اَکِس سُند دوٚیمُت یٚلہِ اَکیٚ اَکِس سُند دوٚپ بنان چھُہ تیٚلہِ ڈٕنہِ
زِس دپُت .



اَتھ چھہِ زٕ انہار .

(۱) کہاوت :- سُہ دپُت یتھ اندر کُنہِ کتھِ ہُند مُتر ہیوٚ اُژھراونہٕ آمُت آسہِ . یٚمہِ کِنہِ یہِ
گوٚڈٕ گوٚڈٕ اَمہِ کتھِ ہندی حوالہٕ وَرتاونہٕ آسہِ یہے آمُت .
مثلن :-
(الف) اَکہٕ ژٕٹ سُم ساس گوو کوٚلہِ
(ب) پِلمہِ نہ تے ژوٚکی گأم
(ج) پھیرِ ژوٕرس دارِ کوٚنڈ

(۲) گنڈتی :- سُہ دپُت یُس کتھِ ہندِ حوالہٕ ورأے تہٕ کُنہِ گُدرُنُک ، تجربُک ، مشاہدُک
یا پزرُک تہہ دار ، لُبہِ لباب پیش کرِ . مثلن
(الف) نوٚوٕ شین گالان پرأنِس شینَس .
(ب) بتہٕ پاوِتل گٕژھان عأبہٕ کھار غأب .
(ج) کوٚ کتھ نے تہٕ کُنہِ کتھ .
تاہم چھہِ اکثر دپتی دوشوے انہار ہاوان . مثلن
(الف) مُڈن ہُنر ماجہٕ نے پرٕژَن ترکین ہندی گرٕ کتھ کھَن
(ب) دِتھِچھ تہٕ نہٕ دستار
(ج) اُندری دوٚد کھوٗ بابا یخو

(۱۱) پرژھ :- کُنہِ تیٚ زِ رماملس جواب پرژھ وُن تہہ دار وُنت یُس بظاہر غأر ممکن
لگنہٕ کِنہِ دِماغس دوٚن تہٕ ترٕن کرِ سوٚ گٔیہِ پرژھ .
مثلن :- (۱) آو تہٕ اَسان دُراو تہٕ اَسان (شین)

(ب) یامم زاوتامم کھوت کاگنی پیٹھ (وہ)

(ج) منز باگ ... درّان نار (سماوار)

کینہہ ... چھیٔ ... چالہِ تہٕ ورتاوہٕ یوان ۔ مثلن

(د) ارنزمامہٕ روڈگزپوٗز (ہشرن / لوکچہ ہیٚنہ بڈہن یا پرنہٕ ہیچھنہٕ گژھن)

(ب) ہیٚنہٕ ترٕ ہے بیٚنہٕ ہندمنزٕ چھس دوس (اُچھ زٕ تہٕ نس رٕپنہٕ ہین یٚنہٕ نے ژھین دِوان)

(۱۲) سِرساوی وٕنتِ :- اَزکل گال کھاتس گامتی سِرساوی وٕنتِ چھِ تو تہٕ کینہہ آثار وُکنہ یٚنہٕ آسنک باس دِوان ۔

یِم آثار چھِ دوٚیہٕ قسمکی ۔

(۱) رِیژ وٕنتِ :- زینہٕ مرنہٕ پٚتھ رِیژن سیتی تعلق تھوٚن وٲلی وٕنتِ ۔ مثلن ۔ برٚزٕ میٚنچہٕ وٕنتِ یمن دوٚن فقط شوق تہٕ پوٗزٕ یُم موٗزٕ لو درُت چھُ ۔ لفظ شوق چھُ عربی فارسی پیٹھٕ کاشرس یاکہٕ آمُت تہٕ پانژیُم چھُ سنسکرت پُنہہ سٕن، تہٕ ہُکُ لیسانی یادگار ۔ یانہٕ سدٕ زاو شرُس تہٕ سدٕ پیاو ماجہ کلہٕ ہیٚنھٕی برٕ برٕ کَرو نہٕ برٚزٕ میٚنچہٕ آلِتھ چھِ اَنگٕ اٚشناو موصمس آسے کانچھان تہٕ لول برانٕ دٕریان چھس ۔

چھون یُن چھُ مبارک تہٕ یِمہٕ یِیہٕ تَن بیٚیہٕ تہٕ بیٚیہٕ !

(۲) مانٛبرِ وٕنتِ :- یِم کینہہ مانٛبرِ وٕنتِ مٕنٛے اَتھِ آمتی چھِ، تِمو تلہٕ چھُ تان زٕ وقتہٕ اَکہِ آسہٕ ہے کاشر زبان تہٕ مانٛبرِ زٕنگی ورتاوہٕ یوان ۔ مثلن !

ارژٕ پھوٚلو مرژٕ پھوٚلو ۔ ۔ ۔ ۔



وٕنتھ یلہِ اَز تہٕ اَسی کانٛسہٕ شرُس اُچھن پھوکھا پھوکھا دِتھ راحتھ واتناوان پھِر، اَسی چھِ ۔ بیٚیہٕ شوٗنکی پانٛٹھی پَتھ کالہٕ کِہ لکہٕ تام رِلواجِ پوٗت ژھلے ہش ہاوان ۔

یِتھے کنٛنی تون یہٕ مانٛبرِ بانٛتھ ۔

"دوٚلو لالہٕ دوٚلو لالہٕ

کالچن کرٕ سے نوٗن مالہٕ

برٕنذٕ بمبولا

برٕنذٕ بمبولا !"

لکہٕ تام پرانہٕ رِلواجُک یہٕ لِسانی فوسِل چھُ تِمن دوٚہن کُن اِشارٕ کران یلہِ کٲشرِ اندر تنترن چکہٕ پیاو اوس تہٕ تنتر سادن وٲلی آسی کولہٕ بٹھِ کولہٕ بٹھِ پِسلاے لاٛیتھ کاڈٕ گُرن رٕٹنہٕ بانٛتھ شکارس سحر کران زٕنتہٕ مٹھٕ مدارٕ کرِتھ لیہٕ اَنان ۔

اَز شوٗ نزاہ وٕری بروٚنہہ یٚیلہِ مٕنٛے یہٕ سِرساوی وٕنت گوڈنی بوٗز، مٕنٛے یاسو شُرین ہُند گِندن بانٛتھاہ تہٕ بس ۔ حالانکہ بوزناون وٲلی اَسنہٕ پیٚترٕ ہٕن تہٕ وٕنی ہترٕ زاسی چھِ کھوٗر یونہٕ کرِتھ کولہٕ بٹھس پیٹھ اِستادٕ روزان تہٕ یہٕ مانٛبرِ پَران پِسلاے دارِتھ دِوان ۔

خارٕ کنہ وٕنتِ ذارٕ ہُند ژھوکُن ڈوکُن، راوِس تَل یا گال کھاتس گژھن چھُ آنتے ۔ نوٕ نوٕ وٕنتِ ذارٕ تہٕ چھیٚے ہیکان ورتِلتھ ۔ مثلن اَز کل چھیٚے لوٚکچہٕ لوکچہ کورٕ تِمیک نارٕ پیٹھ، وارے چھکھے وارے، گیوان تہٕ کتھہٕ منز کتھ

گُدٕ تھ اَسن ترایہِ اکھ نوٚے تھُر کھالان تہٕ اُتھ سیتؠ ٹیلہِ نٔژن ڈالہٕ دِنہٕ یِوان چھےٚ نٔژن بایِٕچ اکھ نوٚ ذٲلی ذاتھ ہیٚکہِ تھٔنہٕ ییتھ۔

پٔتس چھُس یہِ ژھان وَنٕنؠ ذٲژ متعلق اکھ غلط فہمی صاف کرٕنؠ۔ یمَن نیندہٕ باتھ، نیرؠ باتھ یا چھکرِ باتھ وَننہٕ یِوان چھُ۔ تِم چھنہٕ کُنہِ خاص وَنٕنؠ ذٲژن ہندؠ ناو، بٔلکہِ چھِ نیندہٕ کران کران، کھیٚول رٔچھان رٔچھان یا چھکرِ وایان وایان کُنہِ تہِ وَنٕنؠ ذٲژ ہندؠ لُکہِ باتھ گیونہٕ یِوان۔ کُنہِ باتَس ہیٚکہِ گونگل بیترِ ذرٲتی عمل موضوع آسہِ یا پٔہلی ماحولُک پرتو آسہِ تمی کِنؠ ہیٚکو نہٕ اَتھ نیندہٕ باتس یا نیرؠ باتَس کانہہ الگ وَنٕنؠ ذاتھ وٕنِتھ تکیازِ گرِیِتھ تہٕ پٔہلی چھِ کھلس منز یا نیرِ نٕنہٕ پنٕنہٕ پسندہٕ موٚجوٗب تِتھی باتھ تہِ گیوان یمَن نہٕ ذٲژ رٕنگٕ تھٔندِس پیٚشس یا ماحولس سیتؠ کانہہ واسطہٕ آسہِ۔ ہرگاہ کأشرِس اندر تِتھی لُکہِ باتھ تہِ آسہَن یِم یٔژ یا باٹھی کھلس منزٕ یا نیرِس اندرٕ گیونہٕ آسہٕ ہَن یِوان۔ تیٚلہِ ہیٚکہو تِم باتھ الگ ذٲژ ہندی مٲنِتھ۔

چھکرِ باتھ تہِ چھُنہٕ ییتھے کُنہِ کُنہِ خاص ذٲژ ہُندی آسان، بٔلکہِ چھِ کُنہِ تہِ ذٲژ ہند باتھ چھکرِ پیٹھ پیش کرنہٕ یِوان، یِتھے کِنؠ ییتھ کِنؠ قوٲلی اندر گیونہٕ یِوان چھُ۔ چھکرِ تہٕ قوٲلی چھِ دوٚشوٕے موسیقی ہندِس دٲیرِس اندر یِوان، پیش کرنٕچ انداز نہٕ زِ وَنٕنؠ ذٲژ۔

# کأشرِ زبٲنی ہُندِ کانسوننتی نظام

کانسوننتی یا کلی آوازٕ چھےٚ کانہہ نَتہٕ کانہہ واولی یا وٕنی آواز سیتؠ ہیٚتھے پھورٕ نیران۔ اما اچھرٕ لہ حسابہٕ چھےٚ یِمہٕ آوازٕ کُنہِ واولہٕ یا واولی حرکژٕ روٚستے لیکھنہٕ یِوان، یِہ زِ ناونہٕ تہِ۔ چنانچہِ کأشرِ زبٲنی ہُند کانسوننتی اَچھرُل چھُ ییتھٕ پأٹھی۔

## ۱: کأشر اَچھُرُل

ب، پ، پھ، ت، تھ، ٹ، ٹھ، ث

ج، چ، چھ، ح، خ

د، ڈ، ذ، ر، ڑ، ز، ژ، ژھ

س، ش، ص، ض، ط، ظ

ع، غ، ف، ق، ک، کھ، گ

ل، م، ن، و (وٕ) ہ ے (یٕ) (ۍ)

۱۰۱:- کُل گیٛہ یم ژٔتجی اَچھر۔ کھنکی آواز ہُند اَچھُر (نوٗن غُنہ) تہٕ تالہٕ نستی آواز ہُند اَچھُر (نیہ) تہٕ کرو کھ شُمار تہٕ گیٛہ دوے تأجی۔ ظأہر چُھ زِ اُردوٗ ہِکی / بھ جھ دھ ڈھ ڑھ گھ / (اَچھر) چِھنہٕ کأشرِ زبأنِ لگان، نہ چُھ لُوکٕٹ یےٚ (ی) کانسوٗنتی اچھرٕ زنگو بکار یوان۔ اَوے چھِ نہ یم اَچھر کأشرِس کانسونتی اَچھرٕ س منز شأمِل۔ اَچھر لیکُھ / ژ / چُھ فارسی آواز نِشہٕ بالکُل بِدوٗن آواز ہاوان۔ یہ چُھ تالہٕ دٔندی آواز ہُند اَچھُر۔ نہ زِ یوٚت تألوٗ وزی آواز ہُند۔ / ژھ / چُھ اَمہ کُے دُیچشی اَچھُر یُس اَچھی آواز ہاوان چُھ۔ / ڑ / اچھُر عوٗمؤمَن / ڈ / ہیوٗے بولنہٕ یوان، نہ زِ یوٚت تألوٗ زیوٚ پھِرِ آواز بنان۔ روٗدی / ث، ح، خ، ذ، ص، ض، ط، ظ، ع، غ، ف، ق / ۔ یم اَچھر چھِ کأشرِس پھورس تابع روٗزِ تھے ییٚجلس منز وپیان۔

۱۰۲:- یِمہ کیٛنہہ مثالہٕ کڈن کتھ ہناواش۔

(۱) بوے (نہ زِ بھوے) ۔ جوٗلی (نہ زِ جھوٗلی) ۔ دَیہٕ (نہ زِ دھنیہٕ) ۔ گرٕ (نہ زِ گھر)

(۲) ژالہٕ (ژالہٕ باری ہِکی پأٹھی نہ) ۔ ژھ دَیژِ مُردہ ہِکی پأٹھی نہ)

(۳) بوڑ (نہ زِ بوڑھ) ۔ بُڈہٕ (نہ زِ بُڈھ، بُڑ) ۔ ہَڈ (نہ زِ ہَڑ)

(۴) ثأبت، حأکم، خوے، ذأتی، صوٗحبت، ضوٗرور، مطأبِق، ظألِم، عٔلِم، عأش، طمع، طالع، تألیم، واقعہٕ، غأر، فأیدٕ، قوبوٗ، وغأرٕ

## (۲) پھورٕ ترتیب:-

پھور کہ انمانہٕ ہیکو کھ کأشرِ اَچھر ییٚمہ ترتیبہٕ پیش کرِتھ۔

پ، پھ (ف) ب، م، و



ت (ط) تھ، د، ن، ل

س (ث)، (ص)

ژ، ژھ، ز

(ذ)، (ض)، (ظ)

چ، چھ، ج، نیہ ے

ر، ش

ک، کھ، گ، ن، ہ

(ق)، (خ)، (غ)، (ع)، (ح)

۱۰۳:- اَمہٕ ترتیبہٕ تلہٕ چھِ کأشرِ پھورٕ نظامہِکی یم کیٛنہہ زأوِ جار اَتھِ یوان۔

(۱) / پ، پھ (ف) ب م و / بولنہٕ وزِ چھِ دوشوَے وُٹھ پانہٕ وٕنی میلان۔

(۲) / ت (ط) د ن ل / بولنہٕ وزِ چھےٚ زیوٚ دندن پِھ دوان۔

(۳) / س (ث) (ص) / چھِ دندٕ وُٹس وَزن آواز ہِش کڈان۔

(۴) / ژ ژھ ز (ذ) (ض) (ظ) بولنہٕ وزِ چھےٚ زیوٚ تالہٕ دٔندس گُکھرٕ ہِش دِوان۔

(۵) / چ چھ ج نیہ ے / بولنہٕ وزِ چھےٚ زیوٚ بُرہِمی تالس سِتی لگان ہِش۔

(۶) / ر / آواز چھےٚ بُرہِمی تالہٕ ہیٚورپہَن زیوٚ جُنبش دِنہٕ سِتی نیران۔

(۷) / ش / آواز چھےٚ منز تالَس زیوٚ ہُند پھش لگنہٕ سِتی ہیوٗ نیران۔

(۸) / ٹ، ٹھ، ڈ / بولنہٕ وزِ چھےٚ زیوٚ یوٚت تالَس لگِتھ ٹاس ہیوٗ کڈان۔

(۹) / ک، کھ، گ، ن، ہ (ح) آواز چھےٚ یوٚت زیوٚ سِتی ہٹی کیٛنگس کڈنہٕ یوان۔

(ق) (خ) (غ)

## ۳.۰ پھورِ انہار :-

یہِ گوو وُٹھو پیٹھ شوٗرو ع کرِتھ تیٚنٛژ گیکس تام کاشرِ کانسونٔنٹ آوازن ہُند سفر :-

ظاہر چھُہ زِ یمہ آواز چھنہ رُکی، نستی، گکھری، وُزی، پاسی یا رُلی، صدآے یا بیٚیہ صدآے، ہنی یا اَہی۔ اَمہ موٗجوب ہیٚکو زِ ین کاشرِ زبانہ ہُند پھورِ انہار ییٚتھ کٔنۍ ذاہر اوٚتھ۔

### ۱.۳ :- رُکی آواز :-

(یمہ پھورِ نظامہ کِس کُنہ نَتہ کُنہ حِصس پیٹھ رُکاو پادٕ سپدِتھ نیران چھِنہٕ)

(۱) ساد :- پ پھ ب ت تھ د ٹ ٹھ ڈ ک کھ گ

(ف) (ط) (ق) (خ) (غ)

(۲) نستی :- م ن/ں نیہ

(۳) اڈگکھری :- ژ ژھ ز چ چھ ج

(ذ) (ض) (ظ)

(۴) صدآے :- ب د ڈ ز ج گ

(۵) بے صدآے :- پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ژ ژھ چ چھ ک کھ

(۶) ھھی :- پھ پھ تھ ٹھ ژھ چھ کھ

۳.۲ :- وُزی آواز :- ث س (ص) ش (ح)

۳.۳ :- پاسی آواز :- ل

۳.۴ :- رُلی آواز :-



(۱) ڑری :- ر

(۲) وُدی :- و

(۳) ییٚی :- ے

## ۴.۰ :- پھورِ عمل :-

آواز کڈنہٕ چہِ عملہ منز چھ زیٚو علاوٕ وُٹھ، دَند، تال یا گیٚنگ کُنہ نَتہ کُنہ ژٕنگو بکار یوان تہٕ تِمہس بنہٕ وُن پھورِ چھُہ انہار لَبان۔ اَمہ عملہ ہُند نتیجہ چھُہ ییٚتھ کٔنۍ :-

۴.۱ :- ڈُبیٚج (پھور) پ پھ (ف) ب م

۴.۲ :- ڈَندی :- ت (ط) تھ د ن س (ث) (ص) ل

۴.۳ :- تالہ ڈَندی :- ژ ژھ ز (ذ) (ض) (ظ)

۴.۴ :- بُونہہ تالی :- چ چھ ج نیہ

۴.۵ :- منز تالی :- ش

۴.۶ :- پٔوت تالی :- ٹ ٹھ ڈ (ڑ)

۴.۷ :- گیٚنگی :- ک کھ گ ن ہ

(ق) (خ) (غ) (ع) (ح)

## ۵.۰ :- آوازہ ورتاو :-

آوازہ وَرتاو چہِ کینہہ موٗلہ کَتھ بَدِ کڈنہٕ باپتھ پیٚیہ اَسہِ مِن کینژن کَرِ تُرِی پھیرِ دار جورن سَنٛن یِم ترِ ژھن آوازن ہندِ نیٚرِل وُجوٗد رِچ نشاندہی کَران چھہ یمہ زَن ہیوٗ باسہ وَنِن آوازہ گرتن اندرتہ روگہ روگہ روزن۔

۱۰۵.۱:- /پ : ب/ : پَن ، بَن ، پوش ، بوش ، پانہٕ ، بانہٕ ، دۆپ ، دۆب

۲:- /ت : د / : تۆر ، دۆر ، تۆپ ، دۆپ ، تار ، دار ، پۆت ، پۆد

۳:- /ت : ٹ/ تور ، ٹور ، توری ، ٹوری ، تاو ، ٹاو ، پۆت ، پۆٹ

۴:- /ٹ : ڈ/ ٹکھ ، ڈکھ ، ٹوری ، ڈوری ، ٹاس ، ڈاس ، لۆٹ ، لۆڈ

۱۰۵.۵:- /ج : چ/ جوٗلہ ، چوٗلہ ، جَنٛڈ ، چَنٛڈ ، جال ، چال ، بَجہٕ ، بَچہٕ

۶:- /ج : ز / جُو ، زُو ، جورٕ ، زورٕ ، جان ، زان ، راج ، راز

۷:- /چ : ژ / چور ، ژور ، چۆر ، ژۆر ، چاو ، ژاو ، کچہ ، کژٕ

۸:- /ز : ژ / زَر ، ژَر ، زور ، ژور ، زال ، ژال ، پُز ، پُژ

۹:- /ک : گ / کرٕ ، گرٕ ، کۆژھ ، گۆژھ ، کاو ، گاو ، روکہٕ ، روگہٕ

۱۰:- /ک : کھ / کۆل ، کھۆل ، کۆٹ ، کھۆٹ ، کار ، کھار ، پۆک ، پۆکھ

۱۱:- /ٹ : ٹھ / ٹۆل ، ٹھۆل ، ٹور ، ٹھور ، ٹاس ، ٹھاس ، مۆٹ ، مۆٹھ

۱۲:- /ت : تھ / تَم ، تھَم ، تۆد ، تھۆد ، تاو ، تھاو ، اُتی ، اُتھی

۱۳:- /چ : چھ / چون ، چھون ، چُلُن ، چھُلُن ، چاو ، چھاو ، پَچ ، پَچھ

۱۴:- /پ : پھ / پۆر ، پھۆر ، پُٹ ، پھُٹ ، پاس ، پھاس ، پۆپ ، پھۆپھ

۱۵:- /ژ : ژھ / ژۆر ، ژھۆر ، ژُر ، ژھُر ، ژار ، ژھار ، پۆژ ، پۆژھ

۱۶:- /چھ : ژھ / چھل ، ژھل ، چھوکھ ، ژھوکھ ، چھار ، ژھار ، کچھ ، کژھ

۱۷:- /چھ : ش / چھک ، شک ، وُچھُن ، وُشُن ، پچھ ، پَش ، چھان ، شان

۱۸:- /ژھ : ش / ژھور ، شور ، گوژھ ، گوش ، ژھال ، شال ، پژھ ، پَش

۱۹:- /ژھ : س / ژھۆر ، سۆر ، مَژھ ، مَس ، ژھار ، سار ، کژھ ، کَس



۱۲۰:- /چھ : تھ / چھَل ، تھَل ، چھۆک ، تھۆک ، چھان ، تھان ، وَچھ ، وَتھ

۱۲۱:- /چھ : ج / چھَل ، جل ، کچھ ، کُجہ ، چھان ، جان ، وَچھہٕ ، وَجہٕ

۱۲۲:- /س : ش / سَر ، شَر ، سور ، شور ، سان ، شان ، پۆس ، پۆش

۱۲۳:- /س : ز / سۆر ، زۆر ، وَسُن ، وَزُن ، سار ، زار ، پۆس ، پۆز

۱۲۴:- /س : ژ / سَر ، ژَر ، وَسُن ، وَژُن ، سار ، ژار ، پۆس ، پۆژ

۱۲۵:- /تھ : ٹھ / وَتھ ، وَٹھ ، کتھ ، کٹھ ، تھان ، ٹھان ، راتھ ، راٹھ

۱۲۶:- /ر : ڑ / ڈ / رۆن ، ڈۆن ، رَٹہٕ ، ڈَٹہٕ ، راس ، ڈاس ، کر ، کڈ

۱۲۷:- /ر : ل / رَس ، لَس ، رۆٹ ، لۆٹ ، راس ، لاس ، کر ، کل

۱۲۸:- /ج : ے / جتھ ، یتھ ، جُتھ ، یُتھ ، جورٕ ، یورٕ ، بوج ، بوے

۱۲۹:- /ے : و / یَس ، وَس ، یورٕ ، دورٕ ، یارٕ ، وارٕ ، آے ، آو

۱۳۰:- /ن : نیہ / دانہٕ ، دانیہ ، اُنی ، اُنی ، کُنی ، کُنی ، چانٕی ، چانٕی

۱۳۱:- /× : ن / رگ ، رنگ ، بد ، بند ، اَدٕ ، اَندٕ ، پۆز ، پۆنز

۱۳۲:- /× : ر / دۆگ ، دروگ ، بن ، برن ، پَتھ ، پرتھ ، داو ، دراو

۱۳۳:- /× : و / وَتھ ، ووتھ ، بن ، بون ، کتھ ، کوتھ ، پند ، پوند

۱۳۴:- /× : ے / وَتھ ، ویتھ ، بن ، بین ، کتھ ، کیتھ ، پند ، پیند

## ۶۰۰ آوازُل تہٕ ہم آوازُل :-

آوازٕ وَرتاوٕ کِہ یم تَرِتٕری جورٕ چھہٕ ہاوٕتھ دِوان زِ کأشرِ اچھر کین دوے تاہِ جِہَن کانسو نتی اچھرن منز چھہٕ اَکھ ووٕہ تِمَن آوازن ہندی یِمہٕ اکھ اُکِس روگہٕ روگہٕ نیرٕل روزنہٕ کنہ کانسو نتی آوازُل (ریانہ فونیم) مانہٕ یِزن تہٕ ژوٕ واہ اَچھر چھہٕ تِمن آوازن

ہندی ہیہ کنہِ آوازن ہیتھ اَدل بَدل سپدتھ کُنہِ قسمُک مانہِ سوو آوازِ پھیر چھینہ کران ۔ یم ژرٕ واہ بوٗزی توکھ کأشرکی کانسونٹی ہم آوازٕ ل ۔

۶۰۱ :- آوازٕل :- کُل ۲۸

ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ج چ چھ
د ڈ ر ز ژ ژھ س ش ک کھ گ
ل م ن نیہ و ہ ے

۶۰۲ :- ہم آوازٕل :- کل ۱۴

| | |
|---|---|
| /ث ص/ | /س/ |
| /ح/ | /ہ/ |
| /خ/ | /کھ/ |
| /ذ ض ظ/ | /ز/ |
| /ڑ/ | /ڈ/ |
| /ط/ | /ت/ |
| /ع/ | /ا/ |
| /غ/ | /گ/ |
| /ف/ | /پھ/ |
| /ق/ | /ک/ |
| /ں/ | /ن/ |

۶۰۳ :- ہم آوازٕن ہُند کأشر پھور :-



یمَو ژٕود ہوا چھرو منز چھ ڑتہٕ ن علاوٕ باہ[12] اَچھر مُلہٕ تلہٕ عربی زبأنی ہنز آوازٕ ہیش کرَان تہٕ کأشرس منز چھ یم اَچھر سیٚدِ سیٚود عربی زبأنی پیٹھ نتہٕ فارسی زبأنی ہندِ ذُری یہ وأتی متہٕ تہٕ روزِتھ گأمتہٕ ۔ اَما عربی ہیچُھ کم کاس برقرار تھأوِتھ تہٕ چھ عربی لفظ کأشرس منز کأشر پھورسے بولنہٕ یوان ۔ اَوَے چھ یم اَچھر کأشرچے واول حرکژ رٹان ۔ وونٕ گو وکینہہ عالم تہٕ کینژ عأٔلم چھ یمَن آوازن تہٕ مولہٕ عربی کہ امانے بولنس پیٹھ اصرار کرَان ۔ تیتھے کنہٕ یتھہٕ کنہٕ کینہہ ورٕوان تہٕ کینژ ورٕوان کأشرس اندر بھ جھ دھ ڈھ ژھ گھ تہٕ لیکھتھ سنسکرتہٕ کی اندازٕ بولنس پیٹھ زور دِوان چھ ۔ اَما کأشر پھور چُھنہٕ یمَن وکھترارن مازان ، بلکہ چھُو وو پرآوازٕ تہٕ یِنہٕ نس مزازس وَیہ وُن بناوان ۔ مثالے فی تون /ع/

۶۰۴ :- عأمی کینہہ پھورٕ ویہٕ :-

۱. اَ :- عدد ، عمل ، عقل ، عداوتھ ، شمع ، طمع ، دفع ، رفع
۲. اُ :- عجیب ، عظیم ، عزیز ، عشق ، علیل ، علی ، عطر
۳. آ :- عام ، عالم ، عادت ، دُعا ، ماشوق ، بافے ، وادٕ
۴. أ :- عأنکھ ، عأٔلم ، عأقل ، تأجب ، تأریف ، تأجیل ، مأرفت
(۵) اِ :- موقہٕ ، واقہٕ ، قلہٕ
(۶) اوٚ :- عوٚذر ، عوٚجوٗبہٕ ، عوٚشوٕ ، عوٚموٗمن ، عوٚبدٕ ، عبُداللہ
(۷) او :- روب ، شولہ ، تولق ، مولوٗم ، موقول ، موصوٗم ، موطل
(۸) اے :- تابیٚع ، طالیٚع ، شایٚع ، واقع ، سامع ، شارع
(۹) اے / یے :- فعل (فیل) ، شعر (شیر) تیداد ، میار ، میادٕ ، اعتمار ، اعتقاد

(۱۰) اُ۔ وُ:۔ وُمر (عمر) وُدِ (عوُد)

(۱۱) اِ۔ ے:۔ یلاج (علاج)، شائیر (شاعر) یلت (علت) عید

[موخصر:۔ عأن چھ بنان محض اکھ وُنی آواز۔

ہُتھ ییتھ چھُس بنان:۔ اَ، اُ، آ، آ، اوٗ، وُ، یا، ے

منز چھُس بنان:۔ او، اے، یا یے

تہ پوتس:۔ اِ، یا اےٚ

تمام واولہ حرکژ]

۰۷:۔ گلی پھیر:۔

کینژن صورژن منز چھ کُنہ کُنہ کانسونٹی آواز پھیر تہ سپدان۔ یہ پھُر دوٚیہ زنگی سپدان۔ اکھ:۔ لفظکس مانہ یس تبدیلی کرنہ وراے۔

بیٚیہ:۔ لفظکس مولہ مانہ یس کانہہ ہُر بر کرنہ خاطرٕ۔

۱۰۷:۔ لفظ اندس پیٹھ چھنے اٰہی آواز / پ ت ٹ چ ک (ق) / ژہی بنان ہرگاہ یہ کرییہ لفظ آسنہ پتہ امہ آواز برونہہ / اُ، اوٗ، اوٚ، او، اٗ، آ، اِ / علاوٕ کانہہ واول یا واولہ حرکتھ آسہٕ مثلن

(۱) زپ، دپ، تپ، تاپ۔ (مگر:۔ زوٚپ، ڈپ، ٹپ، توپ، دپس، تاپس)

(۲) مت، ہرت، رت، موت۔ (مگر:۔ موٚت، ہوٚت، راتس، متوٗنک، رُت، پوٚت)

(۳) وٹ، ہرٹ، ژراٹ، واٹ۔ (مگر:۔ ووٚٹ، ہُرٹ، ژُرٹ، ژراٹس، واٹن، ووٹ)

(۴) پگج، مژ، کاژ، پانژ۔ (مگر:۔ کوٚچ، پگج، مژ، کاژ، کیژ، پانژن)

(۵) اک، تھک، حق، ژراک (مگر:۔ اوٚک، اُکس، تھوٚنک، حقس، ژراکس)



۱۰۶:۔ لفظس اندر تہ چھنہ بلضے کینہہ آواز مانہ پھیر کرنہ ورأیی اکھ اکس بدلہ یوان۔ مثلن / ے: و / نایِد، ناوِد، یا / ے: ر / کیوٗر، کروٗر یا / س: ش / سران، شران

۱۰۷:۔ لفظکس مولہ مانہ یس کانہہ ہُر بر کرنہ باپتھ چھ یمہ قسمُک کانسوننٹی پھیر پھیر سپدان۔

(۱) نر لفظس ماد بناونہ موکھہ تہ (صوٗرژ موٗجوٗب) امیک اکایُت ظاہر کرنہ کِنہ۔

(۱) (ت: ژ) توٚت، تژ، تژر، کھوٚت، کھژ، ووت، واژ

(تی: ژ) تژ، ترژ، کھژ، کھژ، وآتی، واژ

(۲) (تھ: ژھ) ووٚتھ، اوٚژھ، وژھ، کُیتھ، کژھ، تیتھ، ترژھ

(تھی: ژھ) ڈوٚتھی، وژھ، کیتھی، کژھ، تیتھی، ترژھ

(۳) (د: ز) سیٚود، سیٚز، سیٚزر، شوٗد، شوٗز، شوزر، دوٗد، ڈز

(دی: ز) سیٚدی، سیٚز، شوٗدی، شوز، ڈُدی، دَز

(۴) (ڈ: چھ) گُڈ، گچھ، پُڈ، پچھ، لوکُڈ، لوکچھ

(۵) (ڈی: چھ) اٗبڈی، بچھ، گُڈی، گچھ، اُڈی، اچھ

(۶) (ک: چ) پوٚک، پچ، تھوٚک، تھچ، گریک، گرچ

(کی: چھ) پکی، پچھ، تھکی، تھچھ، گرکی، گرچھ

(۷) (گ: ج) لوٚگ، لج، لوگ، لاج، دروٚگ، دروج

(گی: جھ) لگی، لجھ، لاگی، لاجھ، دروٚگ، درجھ

(۸) (کھ: چھ) ہوٚکھ، ہوچھ، ہوچھر

(کھی: چھ) ہوٚکھی، ہوچھ

۹:- (ل : ج ) ہوٚل ، ہٕج ، ہَجَر ، کھوٚل ، کھٕج ، ژوٚل ، ژٕج

۱۰:- (لی : جہٕ ) ہٕلی ، ہجہٕ ، کھٕلی ، کھجہٕ ، ژٕلی ، ژٕجہٕ

(ٹھی : چھ ) زِٹھی ، زِچھہٕ ، زِچھر ، کھٕٹھی ، کٕچھہٕ ، ٹاٹھی ، ٹاچھِ

۱۱، (ن : نٕ ) اوٚن ، اٚنٕ ، انہٕ ، سوٚن ، سُنٕ ، کون ، کانٕ

(نی : نیہٕ ) اٚنی ، انیہٕ ، سُنٕ ، سنیہٕ ، کانی ، کانیہٕ

۷۰۲ :- اٚکِس نوٚک بناونہٕ موکھہٕ تہٕ (صوزژ موجب) اٚمیک اکایت ظاہر کرنہٕ کِنہٕ۔

۱، (ٹ : چہٕ ) موٚٹ ، موچہٕ ، موچر ، کٕٹ ، کٕچہٕ ، پٕٹ ، پچہٕ ، ژھیٹ ، ژھیچہٕ

۲، (ٹھ : چھہٕ ) زیٹھ ، زِچھہٕ ، زِچھر ، زیٹھ ، زِچھہٕ ، میٹھ ، میچھہٕ ، موٹھ ، موچھہٕ

۳، (ڈ : جہٕ ) بٕڈ ، بُجہٕ ، بُجر ، اٚڈ ، اجہٕ ، کٕڈ ، کجہٕ ، بٕڈ ، بجہٕ

۸۰۵، گلی پھرِن ڈکھہٕ وٚنی پھیر :-

ظاہر چھُ زِ کانسونٹی آوازن ہُنُد یہٕ پھیر چھُ کینژن واوٕلی آوازن ہُند پھیر ڈکھہٕ ڈٕی چھے نومودار سپدان ، اَمہٕ وٚنی پھیرکی کینہہ انہار چھہٕ یِم۔

۱، (اوٚ :- اٚ ) توت ، تٕژ ، پوٚک ، پٕچ ، ہوٚکھ ، ہوٚچھ ، ہوٚچھر۔

دوٚد ، دٕز

۲، (اٚ - (ی ) : اَ ، اِ ، اِ ) پٕٹ (پٕٹہٕ ) پچہٕ ، موٚٹ ، موچہٕ ، ژوٚٹ ، ژوچہٕ

۳، (اِ ، ی ، اِ ، اِ ) کٕلی ، کٕجہٕ ، بٕجی ، بٕجہٕ ، زِٹھی ، زِچھہٕ ، کھٕتی ، کٕژھ

۴، (ای ، ی : ے ، اِ ، اِ ) زیٹھ ، زِچھہٕ ، ژیٹھ ، ژیچہٕ ، میٹھی ، میچھہٕ ، بیٹھی ، بیچھہٕ

۵، (اُ ، ی :- اُ ، اِ ، اِ ) گٕلی ، گجہٕ ، کُٹھی ، کُچھہٕ ، وُٹھی ، وُچھہٕ

۶، (اوٚ :- ای ، ے ) یوٚت ، یٕژ ، کوٚت ، کٕژ ، تیوٚت ، تیٕژ



۷، (اوٚ ، ی :- او ، اِ ، اِ ) گوٚلی ، گوجہٕ ، پوٚٹھی ، پوچھہٕ ، کوٚٹھی ، کوچھہٕ ، روٚدی ، روزہٕ

۸، (او :- اٚ ) موٚل ، ماٚج ، ژوٚل ، ژاٚج ، ووٚت ، واٚژ ، موٚن ، ماٚنی ، سوٚن ، ساٚنی

۹، (ے :- اِ ) دیٚت ، دِژ (دِژ ) نیک ، نِچ ، یِتھ ، یِژھ

## وَنُل تہٕ وٚنلی انہار :-

لفظک یُس ٹوٹہٕ الگ (اوٚک توش پاٹھی ) پھوٚرِتھ ہیکہٕ زِ سُہ گوو وَنُل ، یِتھ منز کانہہ نتہٕ کانہہ وٚنی آواز ضوٚرور روزان چھےٚ۔ اما اٚکِس وَنلِس منز چھےٚ اَکے وٚنی آواز ہیکان یِتھ ۔ بیاکھ وٚنی آواز آیہٕ نہ آیہٕ زانُن گژھِ بیاکھ وَنُل پیوٚد تھٕنہٕ ۔ مثلن

کر (کَ ر) (۱) ، کرِ (کَ رِ) (۲) ، کَرِہے (کَ رِہے) (۳) ، کرِزِہے (۳)

کوٚر (کوٚر ) (۱) ، کوٚرُن (کوٚ رُن) (۲) ، کوٚرنَم (کوٚر نَم ) (۳) ، کریوٚنس (کَ ریوٚنس ) (۳)

اَتھ کِنہٕ چھُ کاٚشُر لفظ اوٚک وَنُل تہٕ تہٕ نوٚک وَنُل تہٕ ۔ مثلن

### ۱، اوٚک وَنُل :-

آ ، آو ، گو ، دَو ، دوٚد ، دروٚد ، دِلو ، دود ، دور ، دوست

ناو ، ناٚوی ، نیوو ، نیوٚر ، کر ، کٕر ، کوٚر ، کرِ ، کٕرہٕ ، کوٚر ، کوٚری

تہٕ ، تہٕ ، تہٕ ، نہٕ ، نہٕ ، دِ ، دِم ، دِن ، دیٚت ، ژٕیہٕ ، میٚہٕ ، ہیٚہٕ

### ۲، نوٚک وَنُل :-

آیاو ، آیادا ، آدا ، آیو ، آیوس ، آیوسے ، آییہٕ ، آییا

ہم وار ، ہم واٚری ، ناہم واٚری ، ذِمہ دار ، ذِمہ واٚری ، غٲر ذِمہ واٚری

فرمان، نافرمان، نافرمانی، فرمان بَردار، فرمان برداری، نافرمان برداری

(ژَنہٕ وزوٗنُل ہیٚکہِ خاصیَتھ وُنی آواز ہُند تہٕ آسِتھ تہٕ کانسونٹنٹ آواز یا آواز تہٕ سیٚتۍ زٕچھہٕ۔ اماکانہہ تہٕ کانسونٹنٹ آواز چھُنہٕ کاشرِس منز تشدید ماںان۔

چنانچہ کاشری پاٹھۍ ہیٚکوٚنہٕ (تشدُدٔ) وٚنتھ، بلکہ وَنو (تشٕدُر) یا (تشُدُر)

## ۱۹.۴:- آوازٕ میٖل تہٕ وَنُل:-

ووٚنی وُچھو زِ وَنُل کُژ کُژ کانسونٹنٹ (ک) آواز چھُ ووِتر آوِتھ ہیٚکان، تہٕ واولہٕ حرکتھ (و) کیٚتھ کیٚنۍ چھِنے یمَن گُلی آوازن گنڈٕ رٹان۔

(۱) (و): آ۔او۔ آ (وا) ۔ آ (غہٕ) ۔ او (سہٕ) ۔ او (سا) ۔ آ (س) ۔ اُ (مس)

(۲) (وک): آن، اِن، آنی، آو، اور، اوٚر، اوٚش، آر، اَز، اَکھ، آکھ
آن (گَن) ۔ اَن (داز) ۔ اَن (دَر) ۔ اوٚن (گُل) ۔ اوٚک (دوہ)

(۳) (وک ک) اَمب، اَسرت، انگ، اُزی، اُمی، آدی، آسی، اوٚری
آنٛچھ، آنچھر، اوٚنگ، آنٹ، اَند، اُنز، اوٚنٹھ

(۴) (وک ک ک): اُندی، اُنگی، اُنزی، اُنتی

(۵) (ک و): دِ، بہٕ، ترٕ، ژٕ، ہہٕ، سہٕ، میٖہٕ، ژیٖہٕ، شیٖہٕ، ہیٖہٕ

(۶) (ک ک و) تریٖہٕ، ترا، کیا، ژیا، میا، نیوٚ، ہیوٚ، دیوٚ

(۷) (ک ک وک): تراو، تروو، برور، پرون، دردت، کروٗٹھ
دوس، دوہپھ، پوپہ، ووتھ، ووش، سوکھ

(۸) (ک ک وک ک) نیال، نیوٚل، پیوٚر، بیاکھ، بیوٚٹھ، پھیوٚر
برنگ، مونگ، مینگ، کونگ، گینز، برنزہٕ، کرنز، گرند





برانتھ، برونت، برونٹھ، گروٗست، پروٗنژھ، دروٗنٹھ

(۹) (ک ک وک ک ک): برانتۍ، بروٗنٹھۍ، درینٹھۍ، شروٗنٹۍ، گریستی

(۱۰) (ک وک ک ک): ہُستۍ، دُستۍ، ئُستۍ، کُنڈی، چانٛدی، وانٹۍ، رانٛڈی

(۱۱) (ک وک ک): ڈوٗنی، پوٗری، ساگنی، بیتۍ، کیتۍ، کیتھی، نوٗی، وآتی
بند، کونٛڈ، دَند، کُنز، پوٚنز، پُنز، چونٹھ، شونٹھ، سونتھ
ہوٚست، گشت، مست، مُشت، پُشت، نوٚست، دوٚند

(۱۲) (ک وک): وَن، وان، ووٚن، دوٗن، دون، دُنی، وآر، وآژ، وآنس
کَر، کرٕ، کرٕ، کیٖر، کوٚر، کُژ، کیژ، کس، کآر، کور، کوز

(۱۳) (ک ک ک وک): کھروکھ، گروکھ، کریوٗٹھ، گریوٗس، کرونی، شرونی

(۱۴) (ک ک ک وک ک) گریوٗست، دریوٗنٹھ، پریوٗنژھ (سیٚٹھاہ کَم مثالہٕ)

۱۹.۵:- (وَنُلی گرتھ) موختصر زِ کاشری وَنُلی گرتہ ہیٚکوکھ یتھ کیٚنۍ مشکلاوتھ

و

وک ک و

وک ک ک ک و

وک ک ک

ک وک ک ک ک وک

ک وک ک ک وک ک ک ک ک وک ک

ک وک ک ک ک ک وک ک ک ک ک ک وک

نتہٕ پیٚتھٕ گٔژھ:-

پشُپ

و

| | |
|---|---|
| ک و | وک |
| ک ک و | وک ک |
| ...... | وک ک ک |
| ک ک ک وک | ک وک ک ک |
| ک ک ک | وک ک ک |
| وک ک | ک ک |
| ک ک وک | ک وک ک |

ک وک

ک ک وک ک

۹۰۲ :- وٕنلی بٔرونت :-

کأشرِ زبٲنی پیٹھ لیکھن والین کیٚشٕرن عالِمن چھُ وٕنلی بدٕ کٕڈنس منز دُژلیوت ہیوٚ گومُت ۔ چنانچہِ اکہِ پاسہٕ چھُ تِمو (ک و) نظرانداز کوٚرمُت تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ چھُکھ (ک وو) تہٕ اکھ گرتہٕ مونمُت ۔ اَما سوٚپنُکھ کیتہ چھِنے زِ اگر (ک و) گرتہٕ مأنی زِ ین نہٕ (مٔے ژرینے شیٚشینے ہیٚیے ہیٚے) ہوی وٕنلی کمہٕ گرتہٕ وٕنی زِ یچھ ؟ یتھے کٕنی ہرگاہ (ک وو) گرتہٕ مأنی زِ ین تیٚلہٕ مین نا

(ک ک وو) ۔ (ک ووک) تہٕ (ک ک ووک) تہٕ گرتہٕ مانی ؟ تہٕ کیازِ (سرو) ژوٚن) تہٕ (گروکھ) ہوی لفظ ہیکن تیٚلہٕ پٔمنِ گرتن اندر وٕنلی زانتہٕ ییتھ ، حالانکہ یمن لفظن ہنٛدی وٕنلی گرتہٕ چھِ دراصل یِم ۔



(ک ک و) (ہیو) (ک ک وک) (سرو ژوٚن) ۔ (ک ک ک وک) (گروکھ) ۔ /۔ و ۔ / آواز ہے وٕ آوازن تہٕ مأنی زِ ین تو تہٕ ہیکہ نہٕ یہٕ زٕ واول مانٔنہٕ ییتھ ۔ تیتھے کٕنی ییتھ کٕنی / ۔ ے ۔ / چھُ / ۔ ہے ۔ / بَنان ۔ ۔ / ۔ / چھُ ییتھے یا یتھی لفظن کِس اَندس پیٹھ کُنہٕ کانسو ننی آواز یتہٕ / ۔ ے / یتہٕ کٕنی اَمہِ اِظہار لیکھنہٕ یوان ۔ یانہ یِم ترٛشوٚ اَچھر / ۔ ٥ ۔ / / ۔ ہے ۔ / تہٕ / ۔ ی / ) چھِ کانسو ننی آوازن ہنٛدی اَچھر رٔوزان ۔ زٕ واول آوازن ہنٛدی یِمن ترِ ین ہتر یاری زان ۔ روزٕ نہٕ کٕنی چھُ وٕنلی برونت سپدان ۔

۵ ـ ۱۰ :- گٔلی تروٚمبر :-

یہاذا چھُ یہٕ زانُن تہٕ ضوٗرورٕی زِ کُنہٕ اکہِ ہے وٕنی آواز یا حرکژ تابیع کیتہ کٕنی چھِنے گٔلی تروٚمبرٕ نیچہ ہیکان ۔ چنانچہ کأشرس وٕنلس منز و یہٕ وتہٕ گٔلی تروٚمبرِ چھِنے یِمہٕ اِنہار ۔

۱۰ ۔ وٕنی حرکژ برونہہ :- ک + ک (+ ک)

۱۔ ک + (ر) (+ / ے / ۔ / و / ) : تر (ان) ۔ پر (ون) ۔ تر (آو) ۔ تر (وو) ۔ پر (ور) تر (وٚپ) ۔ شرو ۔ در (وٚگ) ۔ تر (وٚش) ۔ کر (وٚژھ) ۔ تر (یش) ۔ گر (یچھ) ۔ گر (دیوٚس) ۔ شر (ونی) ۔ کھر (وکھ)

۲۔ ک + / و / وو (د) ۔ سو (کھ) ژو (ن) ۔ کھو (ن) ۔ گو (یچھ) رو (پچھ) ۔ سو (ان) زو (و) ۔ تھو (س) ۔ کو (م) دو (تھ) ۔ یو (س) ۔ چھو (مب) ۔ ژھو (کھ) نژو (ن)

۳۔ ک + / ے / وے (تھ) ژیے (و) ۔ سے (پچھ) ۔ گیے (و) ۔ دیے (و) ریے (تھ) پیے (ٹھ) کھیے (ن) کھیے (و) دیے (د)

۲: مُنزِس :- ۱ /-ب-/ : /-ب-/ : /-ب-/
۲ /-ح-/ : /-خ-/ : /-حہ-/
۳ /-ع-/ : /- -/
۴ /-ق-/ : /-قہ-/
(۵) /-ہ-/ : /-ہہ-/ : /-ہہ-/

مثلن :- بَحَس ، ثُبَس ، بَغَس ، پَتُش ، ہَتُس ، ظُبَر ، سپتر
بحث ، مُحِش ، تحبت ، سَجِد ، بجبر ، کھجر ، پچر
بَغَل ، بغاَر ، بلغار ، مغرور ، صیغہ ، صغیر ، نغمہ
لَقَب ، نقب ، فقط ، بقایا ، تقلیم ، مقوم ، مقبول
شَہر ، شُہر ، نر ، پُہر ، شہزادٕ ، جہاز ، بہار ۔

۳: اَندرس :- ۱ /-د-/ : /-د/
۲ /-ع-/ : /-ع/
۳ /-ہ-/ : /-ہ/
۴ /-ے-/ : /-ی/

مثلن :-

یَد ، اَند ، حَد ، مَدتہ ، مُڈٕ ، فِید ، ہَڈٕ ، کَڈن ، لڈٔے
سمع ، جلع ، تیغ ، دریغ ، مبلغ ، تبلیغ ، بالیغ
سِپہ ، بہہ ، شہہ ، چچہہ ، کانہہ ، کینہہ ، رنہہ ، ونہہ
بُتٕ ، ہُتی ، نستی ، پُتی ، ہِتی ، ثُتی ، داغی ، خالی ، راضی ، پاکھی



۴:- اَما : ۱ /د ڈ ر ز ژ / چھ /ا/ ہکی یا ٹھی بُتھ یتھ اَمی ڈنجہ روزان تہ (باحرکت یابےحرکت) کانسونٹی اچھرس پتے پتھ یم انہار بدلاوان
۲ /ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ ژھ س ش
ص ض ط ظ ف ق ک کھ گ ل م ن و ے /چھ لفظ اندس پیٹھ
اَمی انہار روزان فقط چھ یم بُتھ یتھ یا /آ/ او او اوٗ /علاوٕ ہیٚیہ کُنہ واولہ یا واوٕلی حرکتہٕ بیتہ یتھ ملی اَچھر بناوان ۔

۱۱۰۰:- وَرگہ ناوٕ تی انہار :-

کانسونٹی آوازن ہُند ورگہ ناوٕ تی انہار چھُ تہ لفظیاتک پہلوٗ تہ تتھی اندر ہیکہِ اَمیُک تفصیلی مُطالعہ پیش کرنہٕ یتھ ، تہ کیازِ اَتھ سیتی چھِنے وُنی آواز تہ پَنُن ورگہ ناوٕ تی انہار ژھٹان ۔ تاہم چھُ ہیٚتین کینژن کانسونٹی آوازن ہُند ورگہ ناوٕ تی کِردار نوٚن کَڈُن ضوٚروٗری باسان ۔ یہ کِردار چھُ خاص کر کرییہ لعقلن منز درپٹھ یوان تہ ورگہ ناوٕت چھُہ اَتہ کرییہ وآلہ سُندِ یوت ، ٹلی کہ کرییہ ترآلہ سُند تہ نوٚن ییران ۔

مثلن :-

۱ /ت /تھ/ : (ژٕ /ژیہ ) : ژانتھ /زونتھ ، وُچھتھ ، وُچھُتھ
۲ /س /: (تہ /تس ) : چھُس /چھس ، اوٗس /اوس سس ۔
۳ /ک /کھ / : (ژٕ /تمن ) : اوٗسکھ /آسکھ /آسکھ ، گوکھ /گاکھ /گیکھ
۴ /م / : (سے ) : کوٗرُم /کرُم ۔ ووٚنُم /ونُم ، چھُم ، وُچھُم
(۵) /ن / : (یہ /تم /تمی ) : اَنُن /اَنن /اوٗنُن ۔ وُچھُن /وُچھن /وُچھُن

لیشُپ

۶، / و / : (: اُسی، تُہی، توہہ) : کرو / کرِو، کوٗرو / کردوٕ۔ وَنوَ / وٗنِو / ووٗنہٕو / وَنوٕ

۷، / ٥ / : (: تمو َ) : ووٗنہم، ووٗنہے، ووٗنہس، ووٗنہکھ

۸، / ے / : (: ژ یہٕ) : وَنے، ووٗنے، ووٗنہے، ووٗنہے، وَنہٕ ہے

موٗخصر پاٹھی چھُ یوٗہے کاٗشر زبانۍ ہِندِ کانسوٗنتی نظامُک زانٛی ووٗتُر۔

# کِتابیات


۱، کشمیری لٹریچر ۳۲-۱۲۲ کمپٹوریری انڈین لٹریچر ۵۹/۱۹۵۷ء

۲، کشمیر ریسرچ بابے انوٗل۔ جلد:۔ ۱ شُمار:۔ ۱:۔ ریسرچ اینڈ پبلکیشن سرنگر ۱۹۶۲ء

۳، سون ادب :۔ ۱۹۷۶ء جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی سرنیگر

۴، سون ادب :۔ ۱۹۷۷ء جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈمی سرنیگر

۵، ریشیات :۔ ۱۹۷۸ء " " " " "

۶، شمس العارفین :۔ ۱۹۷۸ء " " " " "

۷، اَنہار :۔ ۱۹۷۸ء کاٗشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرنیگر

۸، شیراز:۔ وری:۔ ۱۷، شمار:۔ ۶ جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈمی سرنیگر

۹، شیراز:۔ جلد:۔ ۱۶، شمار:۔ ۱ " " " " " "

۱۰، سون ادب :۔ ۱۹۷۹ء " " " " "

۱۱، انہار :۔ ۱۹۷۹ء کاٗشُر ڈیپارٹمنٹ : کشمیر یونیورسٹی

۱۲، ویتھ آگُر :۔ ۱۹۸۴ء مراز ادبی سنگم بجبہاڑہ کشمیر

(۱۳) انہار :- ۱۹۸۵ء کأشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی

(۱۴) لولہِ وِژار :- اِنڈین لٹریچر ۱۱۵ : ساہتیہ اکادمی نئی دہلی

(۱۵) انہار :- ۱۹۷۶ء کأشُر ڈیپارٹمنٹ۔ کشمیر یونیورسٹی

(۱۶) سون ادب :- ۹۳-۱۹۹۱ء جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈمی سرینگر

(۱۷) وِچھِنہٕ آگُر :- ۱۹۸۹ء مراز ادبی سنگم بجبہاڑہ کشمیر

(۱۸) شیرازٕ :- جلد :- ۲۹ شمارٕ :- ۲ جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈمی

(۱۹) کأشِر شاعری :- ۱۹۶۰ء ساہتیہ اکادمی نئی دہلی

(۲۰) پدیا نجلی :- معاصر ہندی شاعری : ہندی :- پُشپ : جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈمی سرینگر

(۲۱) پرمانند پرواہ (ہندی ترجمہٕ) پُشپ " " " " "

(۲۲) اُچھہ کٕٹر (ترجمہٕ جوکھیر بالی : ٹیگور :- ناول :- ۸۱۱ص ۱۹۶۲ء ساہتیہ اکادمی نئی دہلی

(۲۳) کأشُر سماچار :- نومبر ۱۹۹۶ء شر دھانجلی پُشپ صاحب، کأشِر سمتی نئی دہلی

(۲۴) " " " جنوری ۱۹۹۷ء " " " " " "

(۲۵) " " " اگست ۱۹۹۶ء " " " ، کأشِر سمتی نئی دہلی

(۲۶) شیرازٕ :- جلد :- ۳۶ ، شمارٕ :- ۸ - ۹ جموں اینڈ کشمیر کلچرل اکیڈمی

پرتھوی ناتھ پُشپ (۱۹۱۶-۹۶ء) چھُ ۱۹۳۱ء پیٹھ کُن کشیرِ منزِ ثقافتی، سماجی، تواریخی، سیاسی تہٕ ادبی تبدیلیَن ہُند چشم دید گواہ ۔ شاعری گوڈنیک عشق تہٕ آسنہٕ باوجود چھُ سُہ شاعر تہٕ لسانیاتُک ماہر، ترجمہ کارہ گریمیٖدان ہٕ محقق، نقاد، کشمیر شناس تہٕ تہذیب شناس تہِ ۔ سُہ اوس کأشِر زبانہِ سان سنسکرت، ہندی، اُردو تہٕ انگریزی تِمَن منز تہِ لیکھان ۔ تَس اُس یِمَن زبانَن پیٹھ عالمانہٕ دستگاہ ۔ سُہ اوس ماہرِ تعلیم تہٕ تہٕ باصلاحیت تہٕ بامُروّت ووستاد تہِ ۔ پُشپ صأبن چھِنے گوڈنِچ نظم گاندھی جی نہِ شہادژ پیٹھ ۱۹۴۸ منز لیچھمژ یُلہِ کأشِر شاعری مہجور تہٕ عبدالاحد آزاد نہِ ڈُسہِ معنہٕ سوولرِ پھیرن اوس دُتمُت ۔ پُشپ جِین مُژراوِ برارِ آنگن، ووتہ رُسہ انزت ناگہٕ اُچھہ ممّنہ' انزت ناگہٕ، سرنگرِ تہٕ لوہور گرِن تھٕز تعلیم حاصل ۔ ویدانتک تہٕ کتیباتَن ہُند کورُن خاص مطالعہ ۔ شہر باش بنتہٕ باوجود روز تَس پَننہ کامِچہ میٹزِ ہُنز خوشبوے سیتی یُس اَسہٕ تِہنزِ شاعری تہٕ تِمی سندیٚن مقالَن منز ہٕتہِ یُتہ چھکرِتھ آسنہٕ کنہِ تہٕ اَسہٕ پانس کُن پھیران چھِنے ۔ سُہ اوس ہندی یک تہٕ پرچارک تہٕ کأشریُک تہٕ ژکی در ۔ تَس اُس کتھہ سندِس کُناہَس واہرپنچ کل یُس تِمی پننیٚن مقالَن منز بیٚون بیٚون رنگو نیچھہٕ ناو ۔ سُہ اوس پارہٕ دی مزازہٕ تہٕ آخری دمس تام روٗد کأشِرس تواریخس ثقافژ تہٕ اَدبس مُتلِق لیکھان یِمبکہ سُہ ریاستہٕ منز تہٕ ریاستہِ نیبر اکھ معتبر سفیر اوس ۔

اَسہٕ کھنگالاہ کُنھِن ہُندیارِ بل

زاوِ جارَن واتہٕ وُن بیدار اوس

سیّد رسول پونپُر (ولادت ۱۹۴۰ء) چھُ کأشِر زبانِ ہُند معروف شاعر، کہانی کار، اپسے نگار، ترجمہ کار، محقق، نقاد، تہٕ لُغت نویس ۔ تِمی چھِ ساہتیہ اکادمی اوارڈ علاوہ کیتیہِ ادبی اعزاز برآوی متہِ ۔ سُہ چھُ پُشپ صأبُن کوٹھ ہمکال تہٕ ہم سفر روٗدمُت ۔ تِمی چھُ بجا طوریہ مونوگراف ژکہِ سان لیکھتھ پُشپ جی نہِ زندگی، شاعری تہٕ ادبی خدمژ ہندی ساری گوشہٕ نِنہٕ گُڈی متہِ ۔ وومید چھِنے زِ پُشپ جی نہِ حوالہٕ سیّد یہِ مونوگراف اکھ میلہ گُنہِ ثابت یِتہِ پیٹھ ہنہ واتہِ محقق برونہہ کُن منزل ماندٕن ۔

ISBN 81-260-0618-8

Rs.25.